# دِلہٕ کنٕز مِلہٕ وَن

(شعر سومبرن)

محمد اقبال گنائی (انجم)

نام کتاب : دِلہٕ کَنہٕ مِلہٕ وَن

مُصنّف : محمد اقبال گنائی (انجم) (9419003991)

سال اشاعت : ۲۰۱۰

تعداد : 1000 کاپی

قیمت : Rs 200

کمپیوٹر کتابت : وسیم احمد

پریس :

ناشر :

## میلنُک پتاہ

(۱) اشرف بُک سینٹر، ریڈکراس روڈ، سرینگر کشمیر

(۲) مکتبہ علم وادب، ریڈکراس روڈ، سرینگر کشمیر

(۳) پراگاش بک سنٹر سیکاپ روڈ بجبہاڑا کشمیر



Scanned with OKEN Scanner

# ترتیب


| نمبر شمار | عنوان | صفحہ نمبر |
|---|---|---|
| ۱. | زِستھ سفر چ ژھوت کتھ | 7 |
| ۲. | اکھ پاسہ غزل گو | 9 |
| ۳. | اثاثہ لولک | 11 |
| ۴. | دلک شہر | 15 |
| | **غزل** | |
| ۵ | "شمار" | 20 |
| ۶. | اعتبار | 22 |
| ۷. | آیہ ہے | 23 |
| ۸. | کیاہ وَنے | 24 |
| ۹. | بےتاب آسُن | 26 |
| ۱۰. | پائے | 28 |
| ۱۱. | دیولنہ میون | 29 |
| ۱۲. | قرارِ ے | 30 |
| ۱۳. | پاَری لگے | 31 |
| ۱۴. | ناٹھیہِ یارو | 33 |
| ۱۵. | مدنوارو | 34 |
| ۱۶. | کیاہ ونو | 35 |
| ۱۷. | چیہ نہ کیہنہ | 36 |
| ۱۸. | میخانہ چھا | 37 |




Scanned with OKEN Scanner

| | | |
|---|---|---|
| ۱۹. | جودگری | 38 |
| ۲۰. | نارِہو | 39 |
| ۲۱. | ماے چاڑئ | 40 |
| ۲۲. | ناواں اوس | 41 |
| ۲۳. | تہِ روداہ | 43 |
| ۲۴. | باڑکی یے | 45 |
| ۲۵. | شرژلے | 47 |
| ۲۶. | سرپکُن مدنو | 48 |
| ۲۷. | پالن سوندری | 49 |
| ۲۸. | وصلُک شراب | 51 |
| ۲۹. | کرنیاہ ٹھہراوٗ | 53 |
| ۳۰. | شانہِ والن | 54 |
| ۳۱. | گولاب | 56 |
| ۳۲. | ژورپاٹھی | 58 |
| ۳۳. | نظرتہِ خاموشی | 59 |
| ۳۴. | دربدرکر | 61 |
| ۳۵. | کتھ پیٖہ یاد | 63 |
| ۳۶. | پنژٕ پاٹھی | 64 |
| ۳۷. | دوپنم | 66 |
| ۳۸. | گلوجاے اکھ رژھ | 67 |
| ۳۹. | کیاہ باسی | 68 |
| ۴۰. | کھوژکہ بردار | 70 |



Scanned with OKEN Scanner

| | | |
|---|---|---|
| ۴۱. | کڑتام دوہ گئے | 71 |
| ۴۲. | بہ شار لیکھ ہا | 72 |
| ۴۳. | خاڑٹوٹھ | 73 |
| ۴۴. | بہار دوے | 74 |
| ۴۵. | وائسن ہنڈر | 76 |
| ۴۶. | بدنام ؤ نیک تام | 77 |
| ۴۷. | چھاگوناہ | 78 |
| ۴۸. | مرنس مابیمارُر | 79 |
| ۴۹. | بےقرارن زندگی | 80 |
| ۵۰. | پری روخسار وچھ | 81 |
| ۵۱. | ٹلزاسان چھس | 82 |
| ۵۲. | عجیب غریب خواب ؤ چھ | 84 |
| ۵۳. | زرچھ باسان | 86 |
| ۵۴. | میائے میانی | 88 |
| ۵۵. | بہ کیاؤنس | 89 |
| ۵۶. | زولس بہ ہجر کی نارنے | 91 |
| ۵۷. | ژھوکن آیہ جوانی | 93 |
| ۵۸. | حسنک کوت کال | 96 |
| ۵۹. | کورتھ میہ اعتبارس منز | 98 |
| ۶۰. | ملاقات کینہہ | 100 |
| ۶۱. | ٹھ | 102 |




Scanned with OKEN Scanner

# انتساب

ژے بِوا چھُنہٕ دِلٖ مےٚ مانان کائُسہِ ہٹز پۆزا کرٕنٔ
کائُسہِ ییٚلہِ ڈیوٗ ٹھُم بُتھَس گُن بروٹھ آیَم ژھاے چائُنٔ

انجم

# زِ بٹھِ سفرٕچ زٔھوٚٹ کتھ

پُرخلوص رشتو منز چھُ ووستاد تہٕ ژاٹہٕ سُند تعلق سیٹھا بابرکت، مُقدّس تہٕ اولہٕ ہؤت رشتہ۔ پتہٕ ہر گاہ یہ تعلق اژھسن، تہٕ اندوند قایم تہٕ قُربتہٕ سان مضبوط رودمُت آسہ، تیلہِ چھُ یہ واریاہ اَہم بنان اکثر شاگردن...... خصوص تمن یمو شعروشاعری، اَفسانہٕ نویسی، جرنلزم، تہٕ ادب بطورِ خاص شغل اختیار کوٚر، رودمےٚ ستۍ سیٹھاہ قریب تہٕ مُسلسل تعلق، اقبال اَنجم تہِ چھُ تمو منزا کھ خاص شاگرد۔

مےٚ چھُ یتھ کتھِ پیٹھ فخر زِ پننہ کالج نوکری ہندس طویل وقفس منز یتھ پاٹھی کاشرِ تہٕ اردوادبچ تہٕ شعروشاعری پھاپنُھہ لاوِنچ اژھسن تہٕ پیہم کوشش تہٕ خدمت انجام دِژ، تمیُک اعتراف چھُ تمن سارِنے شاگردن، یم مےٚ علم وادبکس مأدانس منز بروٚنٹھ پکُن ہیچھ ناوٕی، اَمہِ اعترافُک تحریری ثبوت چھُ کھنہ بل کالجہ کہ ''ویرناگ'' رسالُک کالجہ چہ سلور جوبلی ہند نمبر۔

یہ اوس شاید شیٹھ لیک (Sixties) دوٚیُم حصہ یلہِ اقبال مُنہٕ پیٹھ کالج پرٕنہٕ آو۔ شریف، کو واکھ، پوٚز زِیچھرٕ سان، سیود ساد لڑکاہ، یلہِ اَمی میگزینٕک کأشرِ حصہٕ خأطرٕ پننۍ گوڈنچ غزل مےٚ نشہِ اَنی، مےٚ سوچ یہ سوزٕ اَمی سندِ دیٚہ خبر کُنہ نشہِ، پوٚز اَمی پھیرِ میون سوچل وچھن اَتہٕ پیٹھ یورکن...... ازتام تہٕ...... رود یہ تعلق اژھسن پاٹھی جأری اَمہٕ کنۍ گرِدھ نہٕ یہ وَنُن غلط کیہنہ تہٕ

زاقبال انجم سٕنٛز موخصر شاعری ہُنٛد یہِ زیٖنٛتھِہ زیوٗنٛتھ سفر سٔپُد میانہِ نٔنہِ نظرن تل ژٔے۔ یہِ کتھ چھےٚ اَنجمس اکھ خصوصیت بخشاں زِ تٔمۍ تھوٚوپنُن رابطہٕ مےٚ سٟتۍ کٔنہِ وَشفہٕ تہٕ ژھینہٕ ورأے جأری۔

پٔتِم موٚ دوٚ یؤ دہلو پٕنٛتھ روٗدُس بہٕ اقبالَس پتے زِ پٔنٛنۍ شعری تخلیقات تھاو سأمتھ سومبرِتھ۔ تہٕ یہِ کأم انجامس دِنس تہٕ لوٗگ وارِیاہ کال کینٛژھاہ ذأتی عدیم الفرصتی، تہٕ کینٛژھاہ عجیب وغریب فرضِ منصبی بجا اَنُنک آوریر۔ یہِ چھُ اکھ خاص وجہ زاقبال انجمٕ سنٛزِ شاعری تہٕ تخلیقی صورژ ہُنٛد باڈوٚ چھُ موخصر، مگر ’’ہرکہ بہ قامت کہتر، بہ قیمت بہتر‘‘ نظرِ تل تھأوتھ چھے یہِ حقیقت زِ پنٕنِس تخلیقی سفرس منٛز چھُ سُہ جان پأٹھۍ سُرخ رو، تہٕ کامیاب روٗدمُت، سیوٚدساد، سہل، ورَ دتہٕ پیچوٗرستے، شرم دأری ہنٛدِ بوٗزیور وسٟتۍ پأراوِتھ ژھوٚٹۍ ژھوٚٹۍ بحر تہٕ طرز ہیتھ...... دلہٕ ناگہٕ را دچوٗ زنبوٗتلی نرم تہٕ نوٗزک آرتھ تہٕ شوٗد باوتھ ہیتھ...... شأعری ہنٛز موخصر سومبرن مگر مدرِ ہٹہ ہرگاہ دَردمندلیہ...... گُنگراوو...... سیوٚد کرِ دِلس منٛز جاے۔ دَیہ دِیٚت کُس ہیکہِ نتھ۔

بہٕ چھُس ذاتی طور سیٹھا خوش زِ أخر تہٕ آیہ انجم سنٛز شأعری ہنٛز یہِ سومبرن پرن والین بروٚنٛہہ کُن۔ اتھ منٛز شامل ساری تخلیقات چھے اکثر بارٕ وُچھمٕژ تہٕ یمن زیرِ زبرِ رنگی قلم تہٕ ڈولمُت مگر پزر گوبی زِ سیوٚد سادٕ زبأنی منٛز موٗللۍ خیال باوِنۍ تہٕ ژھوٚچن تہٕ لوٗبہ وٕنن بحرن ہُنٛد انتخاب چھُ اقبال انجم سُنٛد ے کار۔ وۄمید چھےٚ پِی زِ پرن وألۍ کرن یتھ سومبرنہِ وَ ژِھ وأنٛجہ استقبال۔

پروفیسر غلام محمد شادؔ

وٕنجہِ بیور

۱۹، جنوری ۲۰۱۰

# اکھ پاسہٕ غزل گو

اقبال انجم چھُ کاشرِ زبٲنۍ ہنٛد بوتمولولہٕ ہتھو گونماتو منٛز۔ یِمن زندگی ہنٛد بو کٕہی یاہ آوریَر دِتہٕ منصبی ذمہٕ دأرِیہ نکھہِ والنہٕ چُھ مجبور یوادبی حلقن منٛز ویڈ گژھہ نکہٕ موقعے دِتی نہٕ مگراندرِم شأعراوسکھ زِندٕ تہٕ منٛزی منٛزی اُسی شعرگوئی تہٕ کران۔ اقبال انجم سُنٛد شعرِ مزاز اوس لوکہِ پانے ووتلیومُت تہٕ پرتھیومُت۔ ازیٚلہِ مےٚ تسنٛد شعرِ مجموعہٕ سٔنٛتھ تہٕ سرٕتھ پٔو رسبٹھاہ خوش گوس۔ زیرِ نظر مسودس منٛز چھِ الہٕ پلہٕ ارتأجی غزل۔ کُلہم پأٹھی چھُ یِمن غزلن ہُنٛد حاوی موضوٗع، عشق، حُسن، ہجر، وصلہٕ تہٕ لون۔

احساس، ژیٛنٛن تراین، خیالن تہٕ تجُربن ہنٛز شأعرانہٕ باوتھ کأری چھےٚ ہمیشہِ زبٲنۍ ہنٛزے اوٚز زمان مگر زبٲنۍ پٹھ گژھہِ پوٗر تھپھ آسٕنۍ۔ تھپھ آسہٕ نک مطلب گووہٕ تکن گری ورتاوٕنۍ بلکہِ تخلیق کارسنٛد ہِ مزاز، ہونرتہٕ بل بترٕ مطابق لفظن، ترکیبن، تشبیہن تہٕ تمثیلن ہنٛز یسلہٕ دسیأبی تہٕ تِمن ہُنٛد ورتاون وطیرٕ۔ زیرِ نظر مسودس اُتھی تنوظرس منٛز انزی منٛزی گژھتھ چھےٚ انجم سنٛز غزل گوئی ہنٛز کینٛہہ خصوصی یژ سوتھرس پٹھ یوان۔ پٔٹھے بانہٕ چھےٚ پرتھ غزلہِ منٛز سادگی تہٕ سلاست

ژنی پاٹھی نانٛپان۔ یہِ چھےٚ سٕے سادگی یتھ پرٲنٕس تنقیدی نظامس منٛز سہلِ ممتنع ونان اُسِو۔ یتہِ دپتھ گوو "مُشکِل سہل" یُتھ شعرٕ ؤچھتھ چھُ بوزن وٲلِس یا پرن وٲلِس باسان زِیہِ کوسہٕ کتھ چھےٚ، یُتھ شعر تگہِ میٚتہِ ؤنُن"۔ مگر ییٚلہِ ونہٕ پٔچ کوشِش کرِزیو کلبس تہٕ کوڑ موونڈ لیس، شعر کیاہ مصرعہٕ یا نیم مصرعہٕ تہٕ گژھبس نہٕ موزون۔ یہ ہونر چھےٚ شعرس شوٚد، شُستہٕ تہٕ شایستہٕ بناوان۔ دویم خصوصیت چھے مکالمٲتی شعرن (Conversational Verses) ہنٛز اِستفہامی تخلیق کٲری (Interogative Creativity)۔ یہِ وَل (Maxim) چھُ شعرن منٛز سرِ ساوبر تہٕ ووِلساو ووتلاوان۔ پیٹھ ییٚلہِ جُملہ زاڑو، نیم مصرعن عوتہٕ ترکیبن ہُنٛد تکرار شعرن منٛز شونگہٕ ژت سازت وزُناوان آسہِ، پرن وول تہٕ بوزن وول چھُ وولسنٛس پوان۔ کیٚہ یاہ غزلن منٛز چھُ صنعتِ تضاد تہِ۔ رنگہِ رنگہِ شاعرانہٕ ہونرٕ ورتاوِتھ تہٕ سہل ممتنع کامہِ لٲگتھ چھِ اقبال اُنجمن واریاہ ننٛدبٲنی فن پارٕ تخلیق کرِی متہٕ، واریاہ غزلہِ چھےٚ امہِ قبیلہٕ ہٕنٛز کیٚہ یاہ ریوایتی غزلو کھوتہٕ بِکتہ کورسن۔ پژھ چھےٚ گنان زِ زیرِ نظر شعرٕ سومبرن کرِ اقبال انجمس اکھ پاسہٕ غزل گوثابت۔ یہِ چھےٚ وکھرٕ کتھ زِ کانٛہہ غرابت وول شعر ہیکہٕ نہٕ کُلہُم پاٹھی مسودٕ کس میعارس مولہٕ وٲلِتھ۔ غزلس منٛز چھےٚ پٔتی موکیٚنٛز ودہلو پیٹھ تعشوقہٕ خیالا لو علاوزندگی ہنٛد بن باقے معاملاتن متعلق خیالن ہنٛز باوتھ تہٕ سپدان۔ عصری کرب چھُ نوبن غزلن ہُنٛد خاص موضوع، اماپوٚ زانجم سندبن غزلن منٛز چھہ نوبن موضوعن ہنٛز ژھاے گرایے نظرِ گژھان۔

غلام نبی آتش، نانل (اسلام آباد کشمیر)

# اثاثہٕ......لولک

بہٕ زانن اِقبآل صأب واریاہ کالہٕ پیٹھ۔ یمہٕ اُسہٕ ریاستی سطحکہِ اکہِ بڈِ ادارُک سربراہ۔ تہٕ بہٕ تتھ سےٚ ہوِس بنیٚیں دفترس منٛز ملازِم۔ یِہنٛدِ حُسن اخلاقُک تہٕ وَکھرِ اندازٕ کأم کارکرُنک آلو پلو اوس میانین کنن تہٕ گوٚمُت، تہٕ کنٛژھا اوٚسس بہٕ پانہٕ تہِ اتھ گواہ۔ یہِ سِلسلہٕ اوس محض اوٚتُت تامتھےٚ۔ مےٚ چھاپےٚ زیٖم چھِ ژکہِ میأنی پأٹھی اکہِ بدلےٚ نارٕ دزان۔ مےٚ نےٚ اُس نہ خابس منٛز تہِ یمہِ کتھِ ہنٛز خبر لگِہ مژٕ، زِ اتھ خوب روتہٕ خوش وضع پأنس اندر چھُ اکھ حساس تہٕ لولہٕ ہوٚت فنکار ژوٚرِ بہِتھ۔ یُہنٛدٕ تہِ کمال، نتہٕ نادأنی، زِ ازتام کوٚ ڈنہٕ یموٚ ژنہہ یہِ پٔنٛن موصوم، نوٚز کھتہٕ لوٗبہٕ وُن فنکار، اَتھس تھف کرِتھ بازر، شایدیمہِ خیالہٕ زِ ژوٚکھو تہٕ ٹأٹھس یارس چھُ انسان وٚچھس منٛزے جاے کران۔ مگر کتیٖس کالس، اکہِ نتہٕ بیٚیہِ دوہ چھُ اٗندرُیم بِر، بِرِ بازر ییوانےٚ۔ دوٚیہِ ترٛےیہِ وۄنم اقبآل صأبن سمکھنہٕ باپتھ، مگر میٚون عجزِ طبیعت! بہر حال اِکہِ دوہ ژاس بہٕ یِہنٛدِس چیمبرس منٛز۔ چایہِ کپ چیٚواں، چیٚواں وۄنگھ، ”تکلیف دِمہٕ ہے“۔ مےٚ زِ کیا؟ دۄ بکھ وأٹسہِ ہُنٛد کلام چھُم بےٚ ترتیب۔ امہِ کِس اِنتخابس منٛز گوٚژھم مدد۔ سِکرپٹ تہِ چھُس نہ پوٗرٕ پأٹھی زانان۔ مےٚ پیٚو اسمان پیٹھ۔ اقبال صأب، سیکریٹری اسمبلی، تہٕ شأعری......؟؟ ستی سوٗنچم، آسہِ کیٚنہہ تُک بُندی، بے معنہٕ تہٕ بےٚ

وزن۔ تتھے کنہِ، یتھ کنہِ عمومن از کل نظر چھُ گژھان۔ یہ اوسُس ؤنچُائی، زیٚو پرٛیپٔنہٕ مسودٕ ژ گوڈٕ نچ غزل۔لوکچہِ بحرِ ہنٛدِ امہِ غزلکہِ ژشار چھِم وُنہِ تہٕ یاد۔

چانہِ لولکہِ خیال وأنٛسن ہٕنٛدی

تھأوی رٕچھی رٕچھی مے لعل وأنٛسن ہنٛدی

آسہِ ہے اکھ کتھا تہٕ ژٹہٕ ہا کتھ

چھِم وُٹھن پیٹھ سوال وأنٛسن ہنٛدی

نہٕ صرف یہِ ژسأرِسے غزلس اندر اوس ربط، تہٕ وزُ نک پوٗر پوٗر خیال۔ بلکہِ روایتی لولہٕ شایری یہِ لرِ لوٚر آسنہٕ باوجود پٔنٛژ باوتھ تہٕ پٔنن ورتاو۔ ستی زوٚنم یہِ تہٕ زِیٚم چھِ انجم تخلص کران۔ پٔرٛی کنہِ چھِ زرخیز زمینہٕ گُل پھولان۔ انجم صأب چھِ سأنٛس سارِوٕے کھوتہٕ تھدِس تہٕ بے بدل لولہٕ شأعر یعنے رُسُل میرِ شاہ آبادی سٕنٛزِ مُشکِ بار زمینہِ ستہِ تعلق تھاوان۔ قدرتی طور بحیثیت گُماتھ، تمہٕ وِ وے وتو قدمہٕ قدمہٕ پٔنن فنی تہٕ فکری بور ہیتھ دراہتی ،یمو وتو رُسُل میرِ شہسوار بُنتھِ پننِس ابلقس لاکم چأرِتھ سنگلاخ تھونگین پیٹھ، بلکہِ تموتہِ اپور پٔنن پڑاو تڑ اوان چھُ۔

اقبال انجم سٕنٛزِ شأعری یہِ ہُنٛد مؤل چھُ لول، فقط لول، کُنہِ جایہِ عمومی رومأنی پیکر لباں تہٕ کُنہِ...... بزرگویہِ زِاکثر جاین،لولہٕ چہ وتہٕ منز امارٕ کی دِیار خرچأ وِتھ تہٕ بے مول جنس لبتھ نمناک گژھاں، تہٕ باصنے بے وفأیی، دغا تہٕ اَیز انتظارُک شکار گژِھتھ پھیکہِ پھیکہِ زہر کھیواں، مگر خاب وُچھنہٕ نہٕ توتہِ تڑ اوان۔ شاید چھُ یہِ ہوے چیز یہندِس فنس جوان مرگ گژھنہٕ نِش بچاواں۔تو ے چھُن وؤنمت۔

از تہٕ کانٛہہ ہمدم دِواں میانِس دِلس ستھ آسہے
ڈیکہٕ مُژ رِتھ دأدِ لد سے کانٛہہٕ کراں کتھ آسہے

انجم چھُ رُمہٕ رُمہٕ تیٖر کھبھ آمٕت۔ سُہ چھُ ستھ کتھ آگاہ زِ ازی کِس تجارتی سماجس منٛز کُس قیمت چھُ انسانی رشتن یا اخلاقی قدرن۔ تس چھُ پے زِ اوٗلک خأرلِس سوغاتھ چھُنہٕ ووٗنی کُنہٕ ولنہٕ کِنہٕ یِواں۔ سُہ چھُ پننہٕ مُقدرُک زہر کھیاونیا ے ہیتھ کُس تانی پنٛن ہمدم زأنتھ فریاد کراں، مگر تووُرک رٗ دی یہٕ تیٚو تھ زِ شِنہٕ مأنی ہیٚو اندری گلان تہٕ ونان۔

پوٗرٕ ووٗنمس، مےٚ کیا لأرِس لیکھتھ
ہے کٔرن اکھ نظر تہٕ خاموشی

اقبال انجم چھُ حُسنک شاعر......توٗ ے فطرتس پیٹھ دِیوٗلنہٕ......رنگہٕ روغنس پیٹھ تہٕ۔ فطری حُسن یُس گامن منٛزے پرہتھان چھُ، کتہٕ ہیکہ کُنہ دِہے گامتس شہرس منٛز لبنہٕ یِتھ۔ سُہ چھُ کُنہٕ مصلحژ ورا ے اظہارس زیوٗ دواں تہٕ ونان۔

گامہٕ یِتھ یُس شہرٕ حُسنس ووٗنی دِواں
گامہٕ کِس تس نابہٕ کارس کیا ونو

انجم صأبُن کانٛہہ کانٛہہ شار چھُ کُنہٕ تھد کھوتہٕ تھدِس شانہٕ شوکتس تہٕ اتھ سٕتۍ روأیتی اندازٕ گنڈنہٕ آمتس زانہٕ مُتس تہٕ مانہٕ مُتس تصوٗرس تمہٕ اندازٕ تہٕ انمانہٕ پوسٹ مارٹم کران زِ کانٛہہ تہٕ نقاد ہیکہٕ امہٕ وِزِ تٔنٛزِ فِکری بلندی تہٕ وکھرٕ سنجیدگی گٔژ آکہٕ دِتھ۔ تاج محل......عالمس منٛز حُسنک شاہکار۔ سأحر ہیٚوی شاعرن اوس اتھ خوبصورتھ تہٕ بےٚ بدل محلس اکِس شہنشاہ سٕنٛز بےٚ پناہ دولژ ہنٛز مہربأنی

مأنتھ، غأر شعوری طور پانہٕ تہٕ امہِ کہِ زنٛدٕ خسنک اعتراف کوٚرمُت۔ مگر اسی منٛز أکی گمنام شاعرن۔ یعنے اقبال انجم صأبن یمہ طریقہٕ اسہِ تاج محل ہووُمُت چھُ............سہٕ چھُ پزٕ کنی، اتھ ستیٚ وابستہ سہٕ المناک منظر، یُس کم از کم از تام میانِس ذہنس منٛز چھُنہٕ آمُت۔ یہِ اکھے شار چھُ اقبال صأبُس، اقبال انجم بناونہٕ خأطرٕ کافی۔

نبرٕ پڑٕ نبرلاں سبٹھاہ چھُ تاج محل
اندرٕ تنہا قبر تہٕ خاموشی

چھیکرس پیٹھ، یمہِ کتھِ ہُنٛد افسوس زِ اگرے اقبال صأبن گوڈٕ کالہٕ مستقل طور تہٕ پابندی سان پٔنٛن یہِ سوغاتھ بازِرآسہا ترٛووُمُت تہٕ کُنہِ باوقار حلقس منٛز لولُک تہٕ فنٛک یہِ اثاثہٕ آسہن سجوومُت، شاید ما آسہن تم واریاہ وان فالودِنس پیٹھ مجبور گامتیٚ ......یمہٕ محض اِشتہار وتہٕ کرٕ کہٕ ناوٕ تیٚ یمہِ بازرٕ کی ''خوجہ صأب'' بنیامتیٚ چھ۔ ووٚمید چھُ زِ یم تھاوِن پننہِ فنٛک سفر جأری تہٕ زیادٕ سنجیدگی سان وندن پننِس فکری کنواسس تہٕ فنی زاوِ جارس خوٗن جگر، تاکہ یہنٛدِ قلمہٕ پیٚن تم شأعرانہٕ پزٕ وتھنہٕ، یم وُنہِ یہنٛدِ عجزٕ طبیعت کنٛز نہٕ کٹس منٛزے چھورٕ چھور کران چھ۔

شہناز رشید
۴؍جنوری ۲۰۰۸ء جانی پور جموں

# "دِلُک شہر"

یِتھ پأٹھۍ شام ژھیمہٕ بن زلہٕ وِنۍ اوبرٕڈینگۍ پأنۍ پانے یہِ پَے پتاہ دِوان چھِ زمسدرس تہٕ لدرس پچھُ تیتھُ مس میل سپدن وول زِ یِتھ تتھ سپد سوٗرے اۆند پۆکھ تمہِ انمانہ رنگہ سأولی زِ اکھ کُل عالم تھیکہ وُچھان وُچھان اکھ سونزلہٕ پأراو، بلکُل چھِنیہ یہے حقیقت اقبال انجم پٮ۪ٹھ صادق یوان تیٚمن منز بالہ پانے تمہ شاعرانہٕ ژھایہ گیٚتہٕ تہٕ روٗنگ زونگ پوشن پایے بتھ اُبھرانِ چھِ زتسُند شاعرانہ اوسبر گوبر چھُ گُنہِ رژسل میرس تہٕ گُنہِ مجبٗورس منز تمہِ انمانہ پٮ۪ٹھن یینہ نول تہٕ ادبی اوزان سرہ کھرہ کران زِ عقل چھِنیہ حیرتس یوان۔

اقبال انجم چھُ لولُک مرٕشل تہٕ منہٕ مون شاعرتِس چھُ حسنُک شیٖوٕت سریٚہہ تہٕ شہجار زِ زنتہٕ گرسم منز اہرہ بلُک آبشار سروہ شہجارس پٮ۪ٹھن دۆ دمُت سینہٕ شہلاوان، پٮ۪ٹھن اتھ لولہٕ یندرس عشقُک توسہٕ کتنس منز چھُ تسُند شاعرانہ باوژبل کلنہ کور وولہٕ سنٕس یوان، سہٕ چھُ پٮ۪ٹھرٕ توسہٕ پن پاتالہٕ پٮ۪ٹھ آکاش تامتھ تمہِ شاعرانہٕ مفاحتہٕ تہٕ بلانمتہٕ کھالان زِ زۆن تارکھ چھِ پٮ۪ٹھن پان چاندِ وادنہٕ وُلتھ سأرکی سے کائناتس نۆرورنگ تہٕ روغن کھألتھ وولہٕ سنٕس اناں۔

اقبال انجمس چھُ پنُن اکھ فطری شاعرانہ مزازہ ( Natural Poetictase) تُنُد مذہب چھُ اول۔ تسُند موضوٗع چھُ عشق تہٕ تسُند محبوب چھُ حُسن، توے تہٕ چھُسہ حسن کار، حسنُس چھِ ہتہٕ بٔدی رنگ مگر یمن سارنے رنگن رتھِ کھالن وول چھُ یزی اقبال انجم، سہٕ چھُنہٕ دوٗرِ بسہتھ حُسنکو وہکہ تہٕ وَل ژرژان بلکہ چھُ اتھ حُسنہٕ چہِ رنگہٕ زور بےٚ ولِہ گژھ کرٕتھ تاوٕ تہٕ تژرپے دزنُ پسند کران، اتھ رنگہٕ زور پیٹھ دَزَی تھےٚ چھُتس دَلُک آرام تہٕ روحُک ابدی سکون تہٕ قرار تمہ انمانہٕ نصیب سپدان،یتھٕ پأٹھی دارس کھسہٕ وِنس منصوٗرس اناالحق وٗنتھ یہِ لوٗن شیران چھُ۔

دوہے پروانہٕ ژٕدی شمہس کران گژھ
کھسان منصور مُتی بردار پانے
نظر تراوکھ پھولیم گلزار سپنک
نظرِ چأنی چھوکن بُلغار پانے

اقبال انجمس یُسہٕ خاص شعری اعجاز حاصل چھُ سہٕ گو تسُند شاعرانہ باوژ بل، تس چھُ شارتھُران تھران لفظٕ راش پوٗ رپوٗ راتھ شہلاوان، تسُند شاعرانہ کوٗ ستوٗ رچھنہٕ کنہ تہٕ جایہ کوٗل سپدان بلکہ چھُ وزِ پتھ وزِلوٗنوٗ وسوزتہٕ سروٗ دہ تمہِ انمانہٕ پٔنہِ بول باشہ دٔسی و وتلاوان زِبوزنُ وول چھُ پنُن سوٗرے کینہٕ مشی راوِتھ أتھی اندر راوِنس مزراوُن پسند کران، تس چھُ اول تمہِ انمانہٕ وَسہِ زِتس چھُ پھری پھری پریم رس النہٕ تہٕ ولنہٕ یوٗ ان مشالے یمہ کیٚنہ شار

آسہِ ہے یِلہٕ داولہٕ نارس ریہہٕ تہٕ دہ
بے خبر پأٹھی کیا زدزہے خانہٕ میون

کرَ تہٕ میٚے گُن ہر نہٕ چشمو اکھ نظر
تریشہِ ہوٗت چھس برتہٕ از پیانہ میٚون

وصل در کنار ترأ وِتھ چھُ اقبال انجم ہجرس تہٕ فراقس منز تہِ ڈزی ڈزی پبوان تہٕ پَنہٕ نِس ژھاہن تہٕ گراہن وٗنی دِوان ۔

دیہ کیا لیکھتھ یہ لأنس گُنہِ شایہِ چھُنہٕ قرارٕ ے
ہمراہ طویل سَفرس کانژھاہ نہٕ غم گُسارٕ ے
اکہِ چانہ لولہٕ نظرے دل گو ربٗدہ میٗنے
چھُنہٕ تار لولہٕ سُدرس راوان چھُ گاٹہٕ جارٕ ے

اقبال انجمنٕ شاعری پرن وِ دل چھُ تُسند شاعرانہٕ ذودتہٕ دگ تمہٕ شاعرانہٕ ودتہٕ واشرِ ہ سان ژینان تہٕ محسوس کراں زِتس چھیٚہ اکھ سرمدی خوشی نصیب سپدان، اقبال انجم اکھ لولہٕ شاعر، تُسند لولُک پُجأری حُسن کار، تُسند شوخ مزاز موٚت، تُسند دل فگار آسُن سُہ تہٕ معشوق پرست آسُن، چھیٚنہٕ کنہِ تہِ ساتہٕ تَس محبتکی سنگلاخ ژٹان ژٹان تہِ کل بود، دامن گیر سپدان بلکہ چھ ہر ساتہٕ پٔژن ڈبکہٕ لون تہٕ لولک منزل زأنی تھےٕ زوٗان۔

ژیےٚ أسِتھ میٚہ تھٗوم نٕ ستھاہ ٹاٹھ یارو
سو ما روزِ پتھ گُن کتھاہ ٹاٹھِ یارو
"میٚے نولے مشَم چأنی" اکہِ دوہ وَنیوتھم
اَتھس پیٹھ میٚہ تھأوِتھ اتھاہ ٹاٹھ یارو

یہ غزل یۄ دوے اقبالن کالیج پرنس دوران لیٚو کھُمت چھُ یہ چھُ ہاواں زبالہٕ پانے یوسہِ خصوصیت تہٕ شاعرانہ بل تَس نصیب سپد سو چھُنہ میانہٕ علمہٕ

وُنس تامتھ تہِ از ترٕہ پانژترٕہ وٕری گوٚمُتھ تہٕ ژھوکیاٚمُت۔

سۭہُ نے گنزرِ تارکھ شبس ونتہٕ کرِ کیاہ
ییمس چون گو اُلفتاہ ٹاٹھِ یارو
ژٕیہ مایاد دردل رُ چھوتھن سہُ انجم
ژٕیہٕ مامیٚون ہیٚو حسر تھاہ ٹاٹھِ یارو

اقبال انجم سٕنزِ شاعری ہٕنٛز یوسہٕ خصوصیت نُمایاں چھےٚ سو گےٚ تسنٛز بے ساختہ نغمہٕ گی۔ یوسہٕ زیرِ وُبوٗدٕس الِمن کھسان چھِ۔ انجمس چھُ یہ وِہار اکھ اِمتیازی گون بنان۔ یعنی ہُند امتیازی گون ییمہِ ذٕسۍ چھُ اکہِ پاسہٕ پرن وٲلس اکھ ابدی حظ بخشان چھُ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ چھُ تسنٛد بن جذبن ووتھ واشراوان۔

امہِ گاچہِ ہرگاہ وُچھو اقبال انجمنٛز شاعری چھیٚہ کاشرِ شاعری منٛز اکھ موٗلُل اضافہٕ بُنتھ وُبھران، تسنٛد لول یمن رنگ برنگ چینہٕ پیالن منٛز پھرنہٕ یوان چھُ، تمہٕ چھِ پننہٕ خوبصورتی ہنٛدۍ تھٕی پیکر تراشان زِ دل تہٕ رُوح چھُ ودلہٕ سٕنٛس پوان۔

چانہٕ نے مخموٗر چشمن نشہٕ حصر
روٗدکیاہ شوٗخلہٕ اُچھن یمبرٕ زَلِے
سالہٕ یکھنا پیالہٕ برداٗری کرے
انجمس دل ژٕیےٚ سوا کر سنبھلے

اقبال انجمس سٕنزِ شاعری ہُند تہٕ میٛیھر چھُ امہِ کِس تتھ ادبی پپرس منٛز تہِ گیٛتھ یُسہٕ سٕنہٕ کنہِ تہِ لحاظٕ ہنٛدرُ تہٕ ٹیٛٹھ چھُ، بوزوے تہٕ شاعری ہنٛدٕس تِھ لولہٕ کلس تل سہُ شہجار کران چھُ تتھ چھُ سہُ پٔژن رتھ ماز دِتھ سکہٕ ناوان، مگر حق

چھُ یہِ زِیوٗت کرٕتھ تہٕ چھُ اقبال انجمس پنٕن اکھ یارٕ دٕ رنگ تہٕ شلہٕ شوٗنت انہار۔

باغ لولکو برٕ گمتی یم زاہ تمن ییہِ نابہار
داغ سینکو کرژلن چانٕہن گولالن سوندری
چانہِ تٕ ناواہ ہوان چھکِھ چانہِ تبس شوٗب چھکھ
مندرن، گرجن، مشیدن پاٹھ شالن سوندری

ژِأسکھ راتھ زُلفن شانہٕ والن
تَوے اُسم پریشأنی خیالن
دپاں زأ ویل بدن اُ ویٔلِ ولاہ چھے
پَزی ما جائے دِنٕ گراون ملالن

اُخرس پیٹھ ونوی زِ اقبال انجم چھُ سون اکھ میوٗٹھ تہٕ مزٕ ہیٚلِ شاعر سُہ چھُ شأعری ہیندی دلکو شہر رنگہٕ رنگہٕ مشالو پرٕ بژلاوان ع
ناو تمہِ شہاُرک چھُ مادلہٕ کمن شہارن منز شمار

ڈاکٹر حسرت حُسین



اکھ نظر ترٛاٚوِتھ تہٕ کوٚر تھس داغدارن منٛز شُمار
دَگ دِیچ حاصِل گٔیم چھُس بے قرارن منٛز شُمار

یتھ نہٕ شہرس منٛز قدم ترٛووٕتھ ژٕرے زاہ مستانہٕ وار
ناو تمہِ شہرُک چھُ ما دِلہٕ کٔمن شہارَن منٛز شُمار

چھَم ننبدٕر دٕز مژاٚ چھَن ، بێیہٕ رووُمت دِلہٕ ژٕے قرار
حال میٚونے وُچھ ، بہٕ چھُس اختر شمارن منٛز شُمار

بے کسی ہُند حال وَنہٕ نَس زاہ ژٕرے ماتھووِتھ مے وار
اوسہٕ تھَس تیٚلہِ کیٚازِ کوٚرمُت جاٛئیٚ یارن منٛز شُمار

چانہٕ تاشوقٕے پٔنِم مے رنگ بدلنٕز بار بار
گاہے سیٚدٕن سادن اندر، گاہے ہُشارن منٛز شُمار

عالمہ تہنٛدٕے عجب، للوان لولہِ یم لولہٕ نار
تم مُسأفر مفلسی منٛز تاجدارن منٛز شُمار

ژاکھ ییٚلہِ زاہ لولہٕ باغس ، بُلبُلو گیٚوی میٲنٛی شار
بَرگوٚمُت لولُک چمن، گو ، لالہٕ زارن منٛز شُمار

اَنجُمنٕس از تاں ، وناں ، اوسکھ، تیٚمس بے اعتبار
از سۄ کمی تامتھ چھُ گوٚرمُت راز دارن منٛز شُمار





اُخرس نون دژاو چونے اعتبار
سینۂ گو چھوکۂ لد ، جگر گو داغدار
لول گُس برِ ہے مے وتم زندگی
آسہِ ہے نے میوٗٹھ چونُے انتظار
لول چونُے چھُم مے سوزٕے مُژ تۂ موٗل
لولۂ رُس عالم وُچھم ناپائدار
گلی سبٹھاہ کستوٗری گری تھگھ ژٔھلی ژٔلتھ
ئلی وناں چھکھ میوٗن پوٗز قولؔ و قرار
ملیہِ کمہِ غاٗرن پرژھان چھکھ میوٗن حال
رلیہِ کمہِ تھوٗوتھ نۂ ونۂ نَس پانۂ وار
راوٕ ران جبس زاہدن تاب عاٗبدن
چانہِ نے مخموٗر چشمن ہُنٗد خُمار
لولۂ پاٗرد انجُمَس پُشرُتھ دِلس
تھوٗو اُمی حالن سُہ داٗیِم بے قرار





از تہِ کانٛہہ ہمدم دِواں میٲنٛس دِلس ستھ آسہِ ہے

ڈبکہٕ مُوٚرِتھ دأدٕ لد ہے کانٛہہ کراں کتھ آسہِ ہے

کیٛازِ کرٕ ہا شِکوٕ ہر دم ازلہٕ لأنٛس ، وَنتہٕ ژٕ ے

ییٚلہِ پھٕرٕنی تس مائے میٲنی، میوٚن، قسمت آسہِ ہے

آسہِ ہے یوٚد عشقہٕ نارن دون دِلن کوٚرمُت اثر

شمع تیٚلہِ پروٲنہٕ سے اورَے کراں گتھ آسہِ ہے

عمرِ ہُنٛد سرمایہِ قدمن پانہٕ تس کرٕ ہا نِثار

بأگراوان یوٚد خضر وٕچ صلیٛح تہِ شربت آسہِ ہے

ازلہٕ پیٹھٕ چھِم ستہِ ازتاں،دونوٚنی ستہِ چھُم ہشر

مائے میٲنٛی تس آسہِ ہیے زاہ یا عداوت آسہٕ ہے

یوٚدوَنیہ تس چھِ بے خبر چھُس نمت دل آسہِ ہاتھ

انجمس تیٚلہِ کیٛازِ چوٗنٛے ہیٛہہ تہٕ حسرت آسہِ ہے





تھأوٖ تھَم پیٖہَم سفر ، دوڑٖ کثیاہ وَنے
زانُہہ تہِ ما ہیٖرٗ تھَم خبر ، دوڑٖ کثیاہ وَنے

ہجرٖ نارَے لوٗگ مےٗ جِگرس آمہٖ تاو
پیٖوو مےٗ چوٗن خوٗنے جِگر دوڑٖ کثیاہ وَنے

چأنٖ ستھ گۓ تارکن گریٖند ہیٗنٛز کرٖنٛز
رأتٖ راتَس دربدر دوڑٖ کثیاہ وَنے

چأنٖ پوٗزا ٲر تہٖ لُکھ کاُفر ونان
چانہٖ ستٕ بندگی خَھر دوڑٖ کثیاہ وَنے

ساعت وصالُک چھُم نہٖ مےٗ لأنس لیکھتھ
ہوٗل نصیٖبس گوم ور ، دوڑٖ کثیاہ وَنے

موٗن گئے غفلت ، مےٚ دِیُت مےٚ دِل پٔژن
ژٕے ہنا کر درگزر ، ووٗنۍ کنٛاہ وَنے

ژٕینے ووٗنُتھ گو دِل رٕچھُن کارے ثواب
ژٕینے ٹُلتھ دِلہٕ سےٚ مژرر ، ووٗنۍ کنٛاہ وَنے

انٛجُمن آوارٕ زُح لبہٕ ہے قرار
چھُس دِلس منٛز چوٗن شر ووٗنۍ کنٛاہ وَنے





جفا حسینن چھےٚ خوش ادأیی تہٕ عاشقن دِل بےٚ تاب آسٕن
بقا چھےٚ عشقس تہٕ زندٕگأنی، دوہے فراقُک عذاب آسٕن
دِلس اندر وُچھتہٕ شرمےٚ چوٗنے، مگر وُنن کأنسہِ کوٗت مشکِل
رِندس چھےٚ مُستی شباں اما پۆزنچھُ کرِیوٗٹھ خانٕے خراب آسٕن
یُتھے یِواں ڈیِڈ تل بہٕ چانے ، ژیتُس پیٚواں چھُم پھِرِ جوأنی
زہر سبٹھاہ چۆومےٚ شوقہٕ صَبرُک مےٚ گۆژھنہٕ کانہہ پیچ وتاب آسٕن
نکارکُمی کۆر سبٹھاہ حسیٖن چھُکھ ، مُہتھ نِواں دِل شباب چوٗنے
غرُور حُسنس شباں اما پۆز ، ژٕ وُچھتہٕ کیٛاہ گوٚ گولاب آسٕن
پرٛ‌رِچھُ چھےٚ چشمہٕ رشکِ آہُو، وہاں چھُ کھاسین شراب بُری بُری
اِشارٕ کُری کُری چھےٚ تمبہٕ لاوان یِمَن اندر شۆبہٕ آب آسٕن
بہٕ چون شیدا، کۆرُے فدائے، وجود پنہٕ نُے مےٚ ماوۆنُے زاہ
دِلس ژٕےٚ اوسُتھ قبالہٕ کۆرمُت، شُباں چھُ ہرکُنہٕ حساب آسٕن

زباں مٔدر چھےٚ کلام شیریں، مگر دِلس منٛز تھوٚنی ڈِی کیٛاہ
یَمنِٛک ژےٚ اوسُتھ مےٚ وعدٕ کوٚرمُت، سُہ ماٲژ گوٚ ژھ جناب آسُن
دِوان اَلِہٕ غاَبہٕ یوٚد ژٕ نظراہ گرٛھاں مےٚ سوسُن گولاب رویس
مےٚ کیٛازِ ڈلہِ ہے یہِ رنگ رویک، مےٚ نِش ژےٚ شوٗلی نہٕ خاب آسُن
مےٚ بےخودی چھُم دوٚہس تہٕ راتس، مےٚ کیٛاہ بہٕ چھُس رِندٕ چھُس نہٕ زاہِد
عذاب کیٛاہ گوٚ، ثواب کیٛاہ گوٚ، بَجر چھُ مستےَ شراب آسُن
ونان ژےٚ یِم لکھ چھِ میٛانۍ مشتاق، تِمےَ وناں چھِی مےٚ چون انجم
ژےٚ میٛانۍ نفرت کرَکھ تِمن کیٛاہ، یہِ گو تِہنٛد انقلاب آسُن





حُسن لولس کرِیاہ سنگسار پائےَ
یُتھے وڈن نَم مےٚ کوّر یقرار پائےَ

مےٚ للہِ نأدم دوہے دوکھ دأدک بجڑ کر
ژے کیاہتامتھ کورُتھ اظہار پائےَ

دوہے پروانہِ ڈدک شمہس کراں گتھ
کھساں منصور مُتی بردار پائےَ

چَنے گئے نظرِ چانے مست مدہوش
چھِ مس کھاسبن فِدا، مَے خوار پائےَ

نظر تراوَکھ پھوّلیم گُلزار سپنکُ
نظر چأنی چھوگن بُلغار پائےَ

خبر چھے شأعری ما زانہِ انجمؔ
ژےٚ گُن وُچھ تھےٚ وُزاں چھِس شار پائےَ





دؤرِ دورے دل کوٚرتھ دیوانہٕ مێون
مؤرِ چھوکھ ہیو دأدٕک لد افسانہٕ مێون

آسہِ ہے یوٚد لولہٕ نارس ریہٕ تہٕ دٕہ
بے خبر پأٹھی کٔیازِ دَزِ ہے ، خانہٕ مێون

کر تہٕ مێے گُن ہرنہٕ چشمو اکھ نظر
ترٛیشہِ ہوٚت چھُس ، برتہٕ از پیمانہٕ مێون

جان و دِل نظرانہٕ دِتھ تس یارٕ سٕے
دزاو ما زاہ مێون شرٕ ارمانہٕ مێون

زٕو کلَے یَم لیس ؤنتھ ہردم پُتھن
آخرس نوٚن دزاو سُے بے گانہٕ مێون

ڈألی سوزٕے انجمن لوٚچ غزل
چھُم نہٕ ہیٚہ کینٛہہ ، زان لی نذرانہٕ مێون





دَپہٕ کیاہ لیکھتھ یہٕ لأنس گُنہٕ شاپہٕ چھُنہٕ قرارٕ ے
ہمراہ طویل سفرس کانٛہہ نہٕ غمگُسارٕ ے
دونوٕ ے عجیب عالم چھُنہٕ کینٛہہ خطا زمانس
ژٕ ے پٔژھے سوتان آیی مےٚ نہٕ چون اعتبارٕ ے
لولُک مُژھیل سٕہ عالم ژٕ ے ونتہٕ اوس کوتاہ
ژٕ ے وَچھوتھ لولہٕ نظرے، مےٚ کرٕ یوو، دل نثارٕ ے
أکہ چانہٕ لولہٕ نظرے دل گوٚ رَیوٕ دِ میونٔے
چھُنہٕ تار لولہٕ سوٚ درس، راوان چھُ گاٹہٕ جارٕ ے
زاہ لٔدِ نہٕ نیاے لولُک زاہ پیٚہ نہٕ ساعت وصلُک
تس ہأل تھاوٕنس ستھ، مےٚ چھُ ٹوٚٹھ انتظارٕ ے
یَس آسہٕ یارٕ سٕنز ستھ ، تیلہٕ شِکوٕ کیاہ شکاتھ
انجم سہٕ ونتہٕ کرِ کیاہ، یَس دل چھُ داغدارٕ ے





روے مۨے ویۨسی یے هاو تَے پأری لگے
غوصۀ گڑاوَے تڑاو تَے پأری لگے
هرنۀ چشمن منڑ بِرتھ میخانۀ چھُے
لولۀ کُے مس چاو تَے پأری لگے
وار پیه هَم شانۀ کرنس زلفنۀ
گنڈ یمن مُڑراو تَے پأری لگے
دولۀ وُچھِ هَم، سینۀ چھوکۀ لد مابلیۨم؟
سیۆد نظر اَکھ تڑاو تَے پأری لگے
جان ویۨسی یے مول دِمَے میچھَن کتھَن
بۨنیه ژ وُٹھ کُملاو تَے پأری لگے
میۨانۀ جگرُک خون مَل نوزُکھ اتھن
بَرِ تَن پأ راو تَے پأری لگے

اضطرابس اکھ زُماہ لگہِ ہے قرار
اتھِ دِلس پیٹھ تھاو تےَ پأری لگے

نیرِ یانے اؤبرِ تل نوٗن آفتاب
وِزہ ڈبکس مُشراو تےَ پأری لگے

در جگر اقبال انجمنی پأٹھۍ لول
ہاے ژِ تہِ للناو تےَ پأری لگے






Scanned with OKEN Scanner



ژٕے اَسِتھ مےٚ تھٔوِمژ ستھاہ ٹاٹھِ یارو
سو ما روزِ یتھ کُن کتھاہ ٹاٹھِ یارو
چھُ نو ساعت لیکھِتھ مےٚ وصلُک نصیٖبس
یُتھے چھُم پَنُن قِسمتھاہ ٹاٹھِ یارو
"مےٚ نو لۓ مشَم چانٛۍ" اکہِ دوہ وَنیٚو تھم
اَتھس پیٹھ مےٚ تھاوِتھ اتھاہ ٹاٹھِ یارو
سُہ نۓ گُزرِ تارکھ شَبس ونتہٕ کرِ کیٛاہ
ییٚمِس چون گو اُلفتاہ ٹاٹھِ یارو
ژٕے ما یاد در دِل رَچھو تھَن سہٕ اَنجم ؟
ژٕے ما میٚون ہیٛو حسرتھاہ ٹاٹھِ یارو





ژۄلگھ یاداوری تھأوِتھ، مےٚ مُشرأوِتھ مدنوارو
کمن ہٲندی نیٚاے أنٛزرأوِتھ، مےٚ مُشرأوِتھ مدنوارو
کتیٚو بیٚوٗٹھگھ مےٚ اندرٛ أوِتھ، بہٕ چھُس ییٚتھ وصلہٕ کُے خارو
کمن ہٲندی دِل ژےٚ شہلأوِتھ، مےٚ مُشرأوِتھ مدنوارو
ہیکٕےٚ گس حالِ دِل بأوِتھ، بہٕ دۄد سےَ لولہٕ کےِ نارو
ژٕ کیٛاہ سأ گوکھ گُدرأوِتھ ، مےٚ مُشرأوِتھ مدنوارو
مےٚ دوکھ تےَ دأدٕ پُشرأوِتھ، دِتھ گس سوکھ ژےٚ دلدارو
ژےٚ کم کم فتنہٕ وُزنأوِتھ ، مےٚ مُشرأوِتھ مدنوارو
مےٚ ستٕمن ڈبکہٕ مُژرأوِتھ، گرکھنا اکھ کتھاہ یارو
کمُو چاأوِتھ، مےٚ اندتھأوِتھ ، مےٚ مُشرأوِتھ مدنوارو
پٔژن انجمس وفا ہأوِتھ، کتھا تھأوِتھ ژےٚ بے عارو
ژۄلگھ ناماوٗری تھأوِتھ ، مےٚ مُشرأوِتھ مدنوارو





سوٕر وٕنی سےٕ نو بہارس کیٔاہ ونو
بأزی گارس، لوکہٕ چارس کیٔاہ وَنو
بڑانتھ نفہٕ ہیٚچ، خام کأری ہنٛز کتھا
لولہٕ ہِکس اتھ کاروبارس کیٔاہ وَنو
یوٕر وۄنمس خام وعدس پڑھ گٲرم
توٕر وۄننم اعتبارس کیٔاہ وَنو
گامہٕ یِتھ یُس شہرٕ حسنس ؤنی دِوان
گامہ ہِکس تس نابہٕ کارس کیٔاہ وَنو
خوامخواہ چھے شأعری انجم کران
حُسنہٕ ہِکس تس سر نثارس کیٔاہ وَنو





ساقیا! چاوُم شرابا بێیہٕ نہٕ کینٛہہ
لُکھ وٕنِن خانٕے خرابا بێیہٕ نہٕ کینٛہہ
مالٕہ لوگُتھ ڈیڈِ تل لُکھ مٲلۍ ہسوان
ہیہہ تہٕ حسرتھ اضطرابا بێیہٕ نہٕ کینٛہہ
دِل رچھُن میوٗنُے خدا میوٗن رُت کرِی
تور رِکیُت زینکھ ثوابا بێیہٕ نہٕ کینٛہہ
وعدٕ چونُے وصلکُے باساں مےٚ چھُم
دوہ کڈُن رِکیُت میوٗٹھ خابا بێیہٕ نہٕ کینٛہہ
دوٗرِ رُک اکھ ساعت یوٚد ڈیشُن پییٚ
سرٕ گرِچھی ہجرُک عذابا بێیہٕ نہٕ کینٛہہ
سر گرِتھ اقبال انجمن دِل وُچھُم
لولٕہ افسانٕچ کتابا بێیہٕ نہٕ کینٛہہ





ساقیا یَم ہرنہٕ چشمے چانہِ کیٛاہ میخانہٕ چھا؟
میٛانہِ دِلہٕ کی خانہٕ وُچھ، یَم لایِقے پیمانہٕ چھا؟

یۆد ژٕ چاوَکھ دام اکھ مول ہیتھ نَفا واپس دِمَے
زُوپیٛن تَے جان و دِل کیٛا ساکھِ نذرانہٕ چھا؟

کس بہٕ باوَے حال دِلہٕ گژھے، گس وُنیومُت میوٗن ہیٛو
کانٛہہ اکھا ییتھ عالمس منٛز میوٗن ہیٛو دیوانہٕ چھا؟

لولہٕ نازُک زر بہٕ أندری ازلہٕ پیٹھ للوان چھُس
دأدی لد افسانہٕ میٛأنی زاہ پَران جانانہٕ چھا؟

لولہٕ کمین منٛزِلن اندر اکھ آش ہیٛتھ انجم پکان
وَنتہٕ ییتھ کانٛہہ چون عاشق بے سر و سامانہٕ چھا؟





گَتھ گَتھ کرٕ تھَمٕ جودگٲری
ژِتھ ژِتھٕ میٚیٚ پھُٲر بے خبری
ہجرُک اکھ ژِیٚہہٕ کوتاہ زیٗوٹھ
زن گوٚو لچھ تَے ساس وٕری
حُسنٕچ بجر چھِے نظرن ٹُل
نتہٕ کیٛاہ أساہ لٲل پٔری؟
ملکَن نچھَے پیٚتراوُن
رِژٕ تہٕ اَژری گٔمی کار گٔرِی
لوٗلس ستِٕمن دِ ٕے چھا جان
سِرُٕ سِرِ کوٚرمُت چھُتھٕ سرسری
وفہس شوٗبیاہ دِیُن الزام
جَفٕچ ہَس مو کر بے صبری
چأنِس ہجرس منٛز انجم
للوان لوٗلچٕ دربدٕری





کِیُتھ ژِ چھکھ وڤتھم دوڈکھ کمہِ نارِ ہو
لولہِ نارے ژیٔے بہِ کوٚرتھس مارِ ہو
ہیٚہہ تہِ حسرت چون ، بیٚہہ ارمانہِ ہیٚتھ
دربدر پھیراں بہِ چھس آوارِ ہو
زاہ تہِ ماشیانے دِلُک بوزُتھ ژٕے حال
زاہ تہِ ما وڤن تھَم چھکھا سأ وارِ ہو
روزِ محشر کیٚاہ خدایَس دِکھ جواب
ییٚلہِ نہِ زاہ میوٚنُے کوٚرُتھ کانٛہہ چارِ ہو
شمعَہسے أندی أندی کرِنی گتھ چھا سَہل
زانہِ پوٚنپر یُس دٕزِتھ پیوٚ نارِ ہو
پام چھا یوٚد لُج نہِ میٚأنِی ناو بوٚڑھ
اولہِ سوٚ درس توٚر نہِ سیوٚد کانٛہہ تارِ ہو
انجُمس نِشہ ہیٚتھ ژِ اکھ ژیُہہ کر قرار
اولہِ زر، ژلہِ ہَم دِلس ، دیدارِ ہو





کیٛاہ ونےٚ جگرو مےٚ کرٛاہ چھُم دِلس منٛز مائےٚ چائٕنۍ
چھالیہِ ممکن آسہِ تتھ منٛز بیٛاکھ، یتھ منٛز جائےٚ چائٕنۍ

ژےٚ سِوا چھُنہٕ دِل مےٚ مانان کانٛسہِ ہنٛز پۆزا کرٕنۍ
کانٛسہِ ییٚلہِ ڈیوٗڈھُم بتھس کُن بروٗنٛٹھ آیم ژھائے چائٕنۍ

یورٕ دوٗنمس بُتہ ہیچھ ووٚنۍ بے وفأیی چائٕنۍ پأٹھۍ
تورٕ دوٗ پٔنم گرٛٹھ پزٛژھان پننہٕ نسٕ دِلس کیٛاہ رائے چائٕنۍ

چھےٚ مےٚ بس میچھر لگاں چانٛین کتھن چانٛین شیچھن
ٹأٹھۍ تم افسانہٕ چھِم آساں یمن منٛز نیائے چائٕنۍ

انجُمن دوٗپنےٚ چھُ میانٛین ہاوٕسن ہُنٛد مول یُتے
لولہٕ ہُرٛ چأنۍ نظر اکھ، سادٕ پأٹھن گرٛائے چائٕنۍ





کمہِ رنگہٕ کتھِ مولہ ناوان اوس
کتھِ کتھِ دِل ڈنجہِ تھاوان اوس
ٲلٕہ تس چشمن آبہٕ رۄو
نتہٕ بڑ وۄہہ داماہ چاوان اوس
منٛدِنبن گرشھِ ہے نا اِشام
زلفن گنڈ مُش راوان اوس
ژہاُرن شہرس چاۓنس پیٛوم
ییٚلہ ییٚلہ دِل زاہ راوان اوس
لکھُ اُسۍ پڑ ژھنٛہٕ گتہِ چیٚتھ آکھ
ییٚلہِ ییٚلہِ اُچھ مِلناوان اوس

لگہٕ ہس تمٕوٕرۍ چشمن پأرۍ
ساقی کٔیاہ زن چاوان اوس
ییٚلہٕ تھوٚد ثُلہِ ہے رویس ٹھوٚر
اختابس منٛڈٕ چھاوان اوس
زیٚنہ پیٹھٕ مرٕنس تاں چھٕون لول
انجم لولہِ للناوان اوس





موحبتھ لول اے ہمدم، تۃِ رؤداہ
مگر دِل مثیون زانٹہہ بے غم تۃِ رؤداہ
چھُ پوشِرُ جانبازاہ ، جان دِتھ ژؤل
شمع وصلکُ کراں ماتم تۃِ رؤداہ
غنیمت زہر یۆدوَے سپِد شکر
پزِس پیٹھ زاہ دپاں آدم تۃِ رؤداہ
عبث دعوا کراں حُسنک مسیحا
کراں میانٛین چھوکن مرہم تۃِ رؤداہ
بۃ کتھ پیٹھ شِکوٕ کرٕ ہا ازلہ لأنس
حُسن زاہ کأنسہِ پیٹھ حاتم تۃِ رؤداہ

مےؔ گُن وُچھ تھےٍ چھُ بدلاواں پٹئ وَتھ
مزاجس تس یےٍ وحشت کم تےٍ رؤداہ
کتھن چانبن چھےٚ کتھ مٹز پائیدأری
زُلف برہم تھوٚوُتھ برہم تےٍ رؤداہ
گٕرتھ نظراہ یتھُے تحمٕور چشمو
چکارس پتہٕ سٕہ جاےٍ جم تےٍ رؤداہ
ژٕ انجم تژاو ووٚنئ اختر شُمأرٕ
صُبح پھوٚل یام شاےٍ غم تےٍ رؤداہ





مِیانہِ لولُک مژر بائلی یے
چانہِ حُسنُک بجر بائلی یے
چانہِ لولچہِ کرژ أماژ ستٍبن
مِیون شام و سحر بائلی یے
مون غفلت چھےٗ میأنی دِتےٗ دِل
کر ہنا درگزر بائلی یے
داغ سینس چھٗ بس داغ ہجرُک
چھُم گُلالاہ جگر بائلی یے
سینہٕ زخمن دوا چھُم ، دوا چھُم
لولہٕ ہُژ اکھ نظر بائلی یے
لولہٕ سِر فاش کرٕ ہا مگر چھُم
نخفہٕ گومُت کجر بائلی یے

چانہِ وصلُک مےٚ کانٛہہ ساعت لیکھتھ
چھا نصیبس اندر بأکی ییٚ
حال یُس چھےٚ ژیےٚ زُلفن، مےٚ لأنِس
دونہ وِنی ہےَ چھُ ور بأکی ییٚ
جاے اکھ رژھ ژٕ دِکھنا دِلس منٛز
چھس بہٕ انجمؔ بےٚ گر بأکی ییٚ





میٲنہٕ جِگرو کر مےٚ أندرِم شر ژٲے
میٲن دِلِ بیمار وَنْتم کر بلے
ہیٚوت نہٕ میخانٕک مےٚ تنہٕ پٮ۪ٹھ ناو زاہ
یَنہٕ أچھن چانٮ۪ن وُچھی مےٚ تھٲلہِ تھلے
ژوٚرِ دِل دلدارٕ ہیتھ میٲن کوٚت ژوٚلکھ
غنبدرِ منٛز رأژن کراں چھُکھ گانگلے
روشہِ روشے کیٛاہ ٹلاں چھُکھ تھود نظر
ہرنہٕ چشمو ہوشہِ ما کانٛژھا ڈلے
تھاوِ کیٛاہ کم جان و دل کرنس نثار
چانہِ لوٲے سوٗر یُس پأنس مَلےِ
چانہِ نےٚ مخموٗر چشمن نِشہِ خَمر
روٗد کیٛاہ شوٗخلی أچھن یمبرٕ زلے
سالہِ یکھ نا پیٲلہِ بردأری کرَے
انجمس دل ژٔے ہوا کر سنبھلے





نظر اکھ میٚنے گٕنٛزٕ از کر، بہٕ ونٛد ہے سر پٔژن مدنو
ژٕلبم لأنس ہجر تےٚ وَر، بہٕ ونٛد ہے سر پٔژن مدنو
منگےٚ ہیٚیہٕ کیاہ ژٕے اے ہمدم، بہٕ چھا احسان مےٚ کیٛت کم
جبین میٛونۍ تہٕ چونۍ در، بہٕ ونٛد ہے سر پٔژن مدنو
اگر ژٕے میٛون چھکھ دِلبر، دِلُک سودا مےٚ ہٕتِھن کر
عشق چونۍ مےٚ مال و زر، بہٕ ونٛد ہے سر پٔژن مدنو
متیٚو ازلے بہٕ چونۍ یار، قدٕر لوٗلس کرٕیاہ اغیار
چھوٚنِن کھاسِن اندر موے بَر، بہٕ ونٛد ہے سر پٔژن مدنو
چھُ انجم عاشقاہ اکھ پرٕژٕن، مگر کر ماہ جبینوں زون
ذرا سیٚود وُچھتہٕ ژٕلہِ ہم سَر، بہٕ ونٛد ہے سر پٔژن مدنو





وٲنس وٲژم در جگر غم چأنۍ پالن سوندرِی
وٲنسہِ منز ووتس نہٕ زاہ چانین خیالن سوندری

دِے چھےٚ ما شۆبان حُسنس، ڈیکہٕ مُژرِتھ کر کتھا
جاے چھا لولس اندر گژاوَن ملالن سوندری

چھےٚ أچھن منز لولہٕ کُے مَس، میٚتہِ دِلس منز خون چھم
مأنزِ کنہِ لاگے أتھن ، مس بر ژٕ پیٲلن سوندری

کُنبزِ رایے دارِ پیٹھ چھکھ أنہٕ ہبھ بون گُن وُچھان
کُنبزِ مایہِ زُلفنٕے چھکھ شانہٕ والن سوندرِی

یورٕ ییٚمی تھاہِ تھاہِ ژٕ نے وُچھنَے میٚول تس دِلہٕ کُے قرار
اورٕ یَس نظراہ گُرتھ ژٕ نے نیٚو سُہ حالن سوندرِی

مێون دِل آوارِ کوٚرتھَن، دوٗر ہیٚون ووذٗ جان چھا
سێنۂ دوٗ دمُت مێون چھی ہَن وارِ زالَن سوندرِی

باغ لوٗلکی برٕ گُمتِی ییم زاہ تھمن ییہٕ نا بہار
داغ سێنکی کَر ژَلَن چانَن گولاَلَن سوندرِی

چانہِ ستَر ناواہ ہیٚوان چھکھ، چانہِ ستمن شوٗب چھکھ
مندرن، گرجن، مَشیدن پاٹھ شالَن سوندرِی

چاٹِز شیچھ ہتھ انجمَن بُلبل ییی ییٚلہِ دارِ کنز
مال شیِرتھ تھاوِ نا سٕے گاشہِ لالَن سوندرِی





وێسی ژٕ چھے ناسورمہٕ چشمن منٛز برٕتھ وصلُک شراب
لیچھِ بدٕن پرٕہیزگارن تی وُچھتھ وٚزاو آب و تاب

دِل مےٚ گوٚد مشکِل کرُن قوبو یُتھے ترٛاوِتھ نظر
میوٗل یُتھے سپدیوٚ وُچھمن چانٛزِ دِرے ووٚتھ انقلاب

ٹُل قلم کاکنٛز ژٕ از نوزُکھ اتھن کیتھ چھے سوال
خوٗنہٕ ستۍ یم نامہٕ لیکھ مےٚ از تمن دِکھ نا جواب

ڈبکہٕ ژٕ چھے اَسُن، وُچھکھ یَس سیٚو نصیبس ورژٕلبس
ییٚلہِ ٹُلکھ تھوٚد پردٕ رویس، بزٕوُنٛتھی کٕنٛز کھسہِ آفتاب

چھے گتھن میچھر دوہے، قسمن مےٚ کوٚر مےٚ اعتبار
نتہٕ خبر اٲسم چھِ چانی وعدٕ آسان دوہلہِ خاب

بس یِژِ ے باساں فرق چھُم، وۄزِ رٔس وصلس اندر
میۄٹھ یۄتاہ ساعت وصلُک، کریۄٹھ تیۄت ہجرُک عذاب

داغ ہجرٕکی کرٕ ژٕلی تس سینہ چھوکہٕ لد انجمؔس
مٔلی ہیٚژِ ے تٔمی لولہٕ چانٔے بے قرٲری اضطراب





وٕتم یُتے دُبراے دِلٕچ زاہ کرِیاہ ٹھٔہراو
کُملاو وُٹھ چھِے میأنٕز دٕژے مێون مرُن ہاو
برٕ گو چمن لولُک تہٕ پانٔے در دِلو ہێوت دۄر
بُلبل وداں آلو بہارس مێون دِل سمبہٕ لاو
پٔژھ چھے زٔے وٕفہس پیٹھ اگر جٔمہٕ ہَسں تہِ نفٔع چھٔے
مل میانہِ دِلُک خون اتھن، روپہٕ گٔلی ووز لاو
موصوٗم چھُ دِل مێون، مدنوارٕ چھُ موصوم
تھۄدٕتُل ژٕ رویس پرٕد، مٔے گُن اکھ نظر سێود تژاو
یۄدوٕے ژٔے سرٕنی زندگی ۂندی سُٔز تہٕ ووگنٕز چھی
سینٕس اندر تیٚلہِ اژٕجمنٕز پأٹھی لولہٕ دٕگ للہٕ ناو





ژٕ اَءسکھ راتھ زُلفن شانہٕ والن
تَوے اَءسم پرٛیشانٕی خیالن
دیاں زاَوِیُل بدن اَوِیُل دلاہ چھےٚ
پزٕی ما جاے دِژٕ گژاوَن ملالَن
بہٕ یتھٕ پاَٹھین تہٕ روٗدُس زندٕ روٗدُس
ژٕے ما پےٚ چون غم کتین چھےٚ پالن
ژٕچھکھ بُلبل خبر کوٚت ژھال مارکھ
مےٚ تھوٕمژ جاے چھےٚ منز گاشہٕ لالن
اُسن تژوُن یتھےٚ وُچھنم بتھِس گُن
مےٚ ہوُس سینہٕ، تامتھ وۄد گولالن
حیاتس چھُم زُوَن پےٚ وعدٕ چونٕے
تَوے چھُس چانہٕ ہجرُک نار ژالن







Scanned with OKEN Scanner

چھُ مقصد کاینٲتک حُسن چوٚنے
پزر گو لی اگر بردار کھالن
وۄنُتھ آلیس، مگر زانٲہہ ما ژ آیکھ
أچھو تورُم دوہے پن موٚختہٕ مالن
خبر أسِتھ تہٕ انجم سۄر سپد یوو
شمع وُ چھ تھٕے چھُ پوٚشِر پان زالن





چشمہٕ یمبرزل تہٕ ڈُٹھ چاٲنی گولاب
ڈبکہ چھے پھولہٕ وُن تہٕ روے چون آفتاب
قد صنوبر موے سۄمبُل بیرِ تَن
زیو مٔدرٕ، میچھر کلامس لا جواب
کیٚنژھہ وناں چانین کتھن مٔدر ریکیاہ
کیٚنژھہ وناں چانیٚو کتھو تُل انقلاب
زوِنہٕ گِندٕن یاد چھُم یامتھ پیٚوان
ورقہٕ ورقے چھُس پرٛان لوچھ کتاب
یتھ شہارس منٛز مےٚ ہیوٚ کُس خوش نصیب
میٚون دِل للہٕ وان لولُک اضطراب
لیس عنایتھ چاٲنی لولن کُر دِلس
تس دوکھن، دادبن تہٕ زخمن چھا حساب

شوقہٖ نےٚ وِشفن وُچھکھ نا اُنہٖ زاہ
یُس مےٚ دیدن وُچھ تہٖ ژٕنےٚ تہٕ باسی سۄ خاب
جان کوتاہ گو رٕچھن دِل کانٛسہ ہُنٛد
جان ونٛدٕ ہےٚ جان گو زینٛن ثواب
آکہٕ وَے، زُو آکہٕ وَس، "انجمؔ چھکھا؟"
چانہٕ برٕ تل پٔژارٕ وِنٛی نتہٕ کم نواب






Scanned with OKEN Scanner



از تتہِ یادن سال کرِ ہے ژۄرِ پأٹھی
بیٚنہِ خیالن از مےٚ پھٔرِ ہے ژۄرِ پأٹھی
بأٹی لیکھِ ہَس اکھ حرف، نامس اندر
کأٹی ما گُنہِ ساتہٕ پرِ ہے ژۄرِ پأٹھی
راز میٚانے لولہٕ کُے گرٛھِ ہے نہٕ فاش
دِل اگر دُبراے کرِ ہے ژۄرِ پأٹھی
لولہٕ مس کی پیٚالہٕ بُری بُری تھاوِہَس
قولہٕ روٗسُتے نوش کرِ ہے ژۄرِ پأٹھی
انجٕمس ارمان اکھ سینس اندر
ہولہٕ رُس زاہ لول برِ ہے ژۄرِ پأٹھی





چأنٛ آہُو نظر تہٕ خاموشی
زلنہِ میٚونٛے جِگر تہٕ خاموشی
نیٚبرٕ پزٕ بزلان سبٹھاہ چھُ تاج محل
أندرٕ تنہا قبر تہٕ خاموشی
دار شیران دوہے چھِ منصوٗرَن
حق سرُن پوٚز چھُ، کر تہٕ خاموشی
یورٕ وۆنمس مےٚ کیٛا لیٛکھِتھ لأنِس
ہج گأژن اکھ نظر تہٕ خاموشی
ٲلو پزٕ ژھومس پێُن دوپر گُس گو
پھوٚر مےٚ پنہٕ نےٚ سیٚزر تہٕ خاموشی






Scanned with OKEN Scanner

پرارٕ وُن چھُس ٲمِس ونو کتێن
تھاۄو بند دارِ بر تہٕ خاموشی

چاۓٚ شیرین سوخن، ٲسِتھ کستوٗری
روٗدی للواں کجر تہٕ خاموشی

ٹوٗٹھ کیاہ انجمَس سوال پرٕژھُن
یورٕ ووٗنمس مژر تہٕ خاموشی





مےٚ موکر ژٕ بے گر مےٚ مو دربدٕر کر
یمو ہرنہٕ چشمو مےٚ گُن مو نظرٕ کر

دپیٚمس مےٚ کیٚاہ راہ، دۄپُن میٚون چھُکنا
دپیٚمس دزاں چھُس تہٕ دۄپنم جگر کر

ہنیٚواں کاںٛسہِ ہُنٛد غم، سہٕ کر زیادٕ یا کم
دپیٚمس یہِ دِل نیٚوتھ، وۄپنم خبر کر؟

دپیٚمس بہٕ بے گر کرٕ جاے کتھ منٛز
وۄپن بس دِلس منٛز، اَچھن دون اندر کر

نَہ انکار کوؕر تھم نَہ آنکار کوؕر تھم
پھلے ہاؤسن مےؕ لگیم نا مگر کر

ستھاہ تھاؤتھم مےؕ کتھاہ روزِ پتھ گُن
ہتا قولہٖ ساریوؕ ژٖ گاہے پزر کر

ونیو مےؕ بیتُے، بے ستم چائی ژاُلم
کجر گو کتھن اَنجمس در گزر کر





کتھِ کتھِ چانے کتھِ پیٚیِہ یاد
سیٚکِہ صحراوا گو آباد
کاٹیٚاہ مُشکل گۓ آسان
ہجرس خوش وصلس ناشاد
ہر گنہِ نارس نرِ دِمہِ ہا
چانٮ۪ن ستمن کیٚاہ کرِ واد
پٮ۪نہِ مُژراوکھ زلفن گنڈ
شہمارن منز ہٮ۪نہِ پیٚیہ ساد
چانے لولہِ بٮ۪ثیوس گونماتھ
نتہٕ کوٚ موکہٕ گژھِ ہا بُرباد
سیٚنکوٚ چھوکھ تارکھ اسمان
گرژو رُس پژبزلان لا تعداد
انجم چون چھُ لولےٕ لول
اٲخر ژٕ تہٕ کیٚاہ تھاوکھ یاد





مخمور چشمو اکھ نظر 'جانانہٕ' پننٕز پأٹھ
مَے خانہٕ چاوُن لولہٕ مس، مستانہٕ پننٕز پأٹھ

دونوٕنی چھُ کُنہٕ شوق، پۆز انداز بدل چھُکھ
شمع دزاں کمہِ شانہٕ تہٕ پرولنہٕ پننٕز پأٹھ

مےٚ کأنسہِ نَے باوِیوو زاہ أسۍ کیٛاز جُدا گےٚ
کتھِ سانہِ ہر کانٛہہ گوتھُران افسانہٕ پننٕز پأٹھ

سأری وُچھاں رویس تہٕ دِلُک کانٛہہ نہٕ پرٛژھاں حال
بےٚ زانہٕ وٕتٛسۍ گےٚ مےٚ کم ارمانہٕ پننٕز پأٹھ

پوشَن نہٕ ساۓ گوٚژھ بوش سوٗزن گن مےٚ لوٚگم راتھ
چمنس چھُ زاگاں تاوٕ ہوٚت وأرلنہٕ پٔنٕنۍ پأٹھی

قولس نہٕ قول، دل نہٕ دِلس، أچھ نہٕ أچھن ستۍ
ہیوٚ کانٛہہ نہٕ کأنٛسہِ ہر اکھاہ حأرانہٕ پٔنٕنۍ پأٹھی

انجم چھُ سأیِل دام اکھ مَس کھأسِی چشمو چاو
زُو جان وندَے چھُم یہوٚۓ نذرانہٕ پٔنٕنۍ پأٹھی





دۆ پنم وۆتھے کمہٕ شرٕمرٕر
دۆ پمس ژٕ ے پانس چھے خبر

دۆ پنم مےٚ نِش کیٚاہ چھے مُدا
دۆ پمس مےٚ اکھ لوٗچ نظر

دۆ پنم سۆرُتھ گتہٕ میٛون لول
دۆ پمس مےٚ دردِل ، درجگر

دۆ پنم مےٚ پتھ عالم فدا
دۆ پمس ییہٕ گو خُسنک بجر

دۆ پنم ژٕ ے نیٖوٚ مےَ ژۆرِ دِل
دۆ پمس ییہٕ گومیٖوٗنے سیٚزر

دۆ پمس مےٚ چھادارس کھُسن
دۆ پنم اگر بووُتھ پزر

دۆ پنم چھُ انجم خستہٕ حال
دۆ پمس ژٕ ے کۆرتھن دربدر





گُلو جاے اکھ رژھ ۂ دِکھ نا دِلس منٛز
مُشک ژۄرِ روٗزِتھ چھُ یُتھ سۄمبلس منٛز
گٹن گاش گاشس گٔژھے ستۍ تھأوِتھ
بڑمان عأقلن بود چھےٚ اتھ سِلسِلس منٛز
جُدا ذات أسِتھ فِدا اکھ أکِس پَتھ
چھُ تقدیر گُے میوٗل گُلس بُلبُلس منٛز
تِہِی نَے ژٕے پڑھ میانہِ، پڑژھ نٕجدِ مُتۍ سےٚ
چھےٚ خوشبو یہِ لیلیٰ یواں جنگلس منٛز
ورفتار یۄدوَے چھُ انجم اما پۄز
چھٕنے جاے گٔر مۂ اچھن منٛز دِلس منٛز





بڑم چھےٚ چأنی نظر ژٕ ےٚ کیٛاہ باسی
عأقلن وٕوتھ مۆر ، ژٕ ےٚ کیٛاہ باسی
چانہِ حُسنُک چھُ شوہرٕ شیٚن طرفن
میٛانہِ عشقُک بجر ژٕ ےٚ کیٛاہ باسی
رُم گُرٕھتھ مول چھُنا بُراں شیشس
دل چھُ نوزُک ، مگر ژٕ ےٚ کیٛاہ باسی
زیوٕٹھ ہجرُک گرٕھاں چھُ اکھ اکھ ژٕیہہ
کرِیوٕٹھ واراہ سفر ژٕ ےٚ کیٛاہ باسی
وعدٕ وصلُک وفا کرُن مشکل
سادٕ دِل معتبر ژٕ ےٚ کیٛاہ باسی

تخنہٕ رؤدُس دِوہے بہٕ جام بَدَس
ازلہٕ لانیکُ ہَجر ژٚے کثیاہ باسی
چانہٕ کتھِ ستہٕ اگر مگر شؤبان
میانہٕ کتھِ ہُنٛد سیٚزر ژٚے کثیاہ باسی
انجمن دل رؤ چھتھ ژٚے کر وَنتم؟
دل رچھن گوَبجر ژٚے کثیاہ باسی





پۆزتیمی وۄن کھوٗرکھ بردار
پۄزکتھ کرنس چھُنہٕ کانٛہہ وار

غم مےٚ أندری کۆ ران رۄد
دم پھٔٹ گومُت چُھم اِظہار

دِکھ نادر دِل اکھ رژھ جاے
باقےٚ چونےٚ گو سمسار

دۄ پنِم وصلس منٛز کیٚتھ نۆر
وۄپمس ہجرس منٛز یتھ نار

ٹھوٗر جہنم بِکس نارس چھُم
چانبن زُلفن ہُندشہجار

میٚنۍ یوت ما گےٚ پرٕ وٲنۍ ناو
سیٚدِ بُتھِ گس لۆگ ازتام تار

میٚانےٚ یژھِ پژھِ چھُنہٕ کانہہ شوٗب
چأنس کرنس کیٚاہ انکار

انجمن رۄچھنےٚ لوٗس مان
نتہٕ گُس مانان زِینتھ ہار





نظر اکھ سرِئرِی ئُرشتام دوہ گئے
ئرِن جودوگری ئُرشتام دوہ گئے
خبر کنّیاہ تام پچھس مطلب وَنو کنّیاہ
کراں پچھم دِلبری ئُرشتام دوہ گئے
دَپیؤمَس بجرِ ئُکے دوہ زیؤُٹھ کوتاہ
دوُپُن ژِہی، ژِہی وُری ، ئُرشتام دوہ گئے
دِواں جنّت پچھُ مُلی کارِ ثوابس
ہپچھِن سوداگری ئُرشتام دوہ گئے
دِلس غم انجمس پُشرُن جہانگ
ئرِن کنّیاہ یاوِری ئُرشتام دوہ گئے





ژِ خاۓبؚ یکھ نا بؚے شار لیکھؚ ہا
دِلس مےٗ پیٖء ہے قرار لیکھِ ہا
مےٗ داغ سینکو ستارِ زوتان
اما بؚے کتھ کتھ شُمار لیکھؚ ہا
قدم پیاۓری اگر ژِ تڑاوکھ
مےٗ ڈوونس پیٖء بہار لیکھؚ ہا
امارِ چاۓنے مےٗ ہوش رووم
بؚے ما گولابس انار لیکھؚ ہا
خبر ژےٗ ما کینہہ گژھی ترتھے ہیوٗ
مےٗ کیاژِ ووتھمُت وُتار لیکھؚ ہا
چِنےٗ بؚے مس گوس کھاسی وُچھ تھےٖ
ژےٗ چشمہٖ چھےٗ پُر خُمار لیکھؚ ہا
ژےٗ انجمن زاہ ہیوٗکے نہٖ باۓوِتھ
ژِ میوٗن صبر و قرار لیکھؚ ہا





تھأوِتھ ژۆلُم میٚے خارٕ ٹوٗٹھ
ژھارَن بےٚ کمہِ بازارٕ ٹوٗٹھ
کیٛاہ باوٕ نَے چھُس ، رٚیٛہہ نہٕ دٕہ
زالان مےٚ چھُم گمہِ نارٕ ٹوٗٹھ
کمہِ شوقہٕ کۆرمُت زۄل چھُم
وُچھہِ ہے جگر میٲنۍ وارٕ ٹوٗٹھ
چھُکھ میٲنۍ دُنیاہ، دین ژٕ ے
ژٕنیٚے رۄس مےٚ چھُنہٕ کانہہ یارٕ ٹوٗٹھ
ویٚسۍ وَنتہٕ تَس کیٛنژھہ یاد چھا
اوُسُس تیٚمِس دوہ تارٕ ٹوٗٹھ
پٕز ہیٚس نہِ دل نِتھ دۄر ہیٚوٚن
انٛجمس گٲرِتھ گو مارٕ ٹوٗٹھ





یِیمہِ حُسنٚک کھوٚتُمت بوٗش ژٕرے چھےٚ تَتھ روزِیاہ ونتہٕ بہاردوہے
از زان غنیمت میٚون وُنن، میٚتہِ روزیاہ أتی لوکچاردوہے

یتھ سمیس منٛز کیٛاہ کرِ غأفل، یێتہِ آسَن چھےٚ بیدارن تھر
ہےَ دورِ فلک کس پڑاڈن چھےٚ،بدلان پٔنُن رفتار دوہے

وولہٕ دوٗر ژلو،وولہٕ دُور ژلو وولہٕ أسۍ تہٕ بساوو پوٗر پنُن
ژێتہِ گُوبنس، گِندنس وارتہٕیی، بُتہِ لبکھہٕ ہأنوی نٔوی شاردوہے

پوٚز ونتم کھوٚ ثُمت کیٛاہ چھُم راہ ژێتہِ پزٕہی ناانصاف،کرُن
یتھ سپاس منٛز مےٚ للہٕ نوٗکھ، تتھ تھووٗتھ للہٕ وٗن نار دوہے

ئمِی تھاؤِم مٹھِ مےٛ ئمِی تھاؤِم، ہیم دوکھ دأ دِک ازلے للہٕ ناؤِم
کس ونہٕ بو أندری کیٛاہ ژولم، کس ونہٕ ئس للہٕ وُم نار دوہے

دوہ تارٕ شرابس شابس ستۍ ، دوہ تارٕ چرس ربابس ستۍ
اکھ شأعر انجم ذات عجب کم کار گرِن رنگدار دوہے





چانہٕ لوٕلکۍ خیال وأنٛسن ہٕنٛدۍ
تھأوۍ رٕچھۍ رٕچھۍ مےٚ لال وأنٛسن ہٕنٛدۍ

آسہ ہے اکھ کتھا تہٕ ژٕٹہٕ ہا کتھ.
چھِم وُٹھن پیٚٹھ سوال وأنٛسن ہٕنٛدۍ

پانہٕ ہیٚیہ ہیٚکھ چھِ کیٛاہ کراں، وُچھ ہکھ
چائٕ یمہ خستہٕ حال وأنٛسن ہٕنٛدۍ

میٛانہِ جِگر و شمار کیٛاہ تھوٕ ہا
چھِم مےٚ جِگرس ملال وأنٛسن ہٕنٛدۍ

وأنٛسہِ للہٕ نوو انجمن چونٛس لول
کأنٛسہِ بۆزِس نہ حال وأنٛسن ہٕنٛدۍ





اکھ دام چینۍ گوس بہٕ بدنام وُنیکۍ تام
ئلہٕ وۄن مےٚ چانِہن سورمہٕ اَچھن جام وُنیکۍ تام
ملکن چھےٚ خبر میٲنۍ سہٕ حُسنک چھُس پرستار
خلقو مےٚ ناحق دِتۍ غلط الزام وُنیکۍ تام
پۆزا مےٚ گٔرِم چانۍ، گٔرِم بندٕگی چانۍ
زانن بہٕ مَا کانٛہہ چانہِ رۄس از تام وُنیکۍ تام
بے دردٕ تھاوِتھ ہجر و وصلکۍ نیاے پتر اوٕنۍ
اَنزٕراو ہیٚکِھ کر، وٲنس گےٚ از تام وُنیکۍ تام
کنہِ کنہِ مےٚ کرِہن آسہٕ ہایہٕ وۄے بہٕ گُنٛثۍ زۄن
انٛدٕ ووت لولُک نیاے کس، از تام وُنیکۍ تام
زُلفن ژٕےٚ کۆرتھ شانہٕ تہٕ حٲران گۆو انجم
منٛدِہن ژٕمس ما زٕنہہ گۆمت اوس شام وُنیکۍ تام





یار ژھارُن ، یار گارُن چھا گوناہ
جائِ یارس پتہٕ لارُن چھا گوناہ
ازلہٕ پیٹھ چھُم چانہِ دیدارُک طمع
گٹہٕ پچھِس منز گاش ژھارُن چھا گوناہ
آسہِ تیمی سُنٛد لول در دِل در جگر
ونتہ تَس پتھ پان مارُن چھا گوناہ
یورٕ وۄنمس تیٚر لٲیِتھ، تمی وۄنُم
لولہٕ نظرن سینہٕ دارُن چھا گوناہ
کائِنسہِ لگہِ نےٚ ناو لولچ بوٚتھ اگر
لولہٕ سۭدرس تارٕ تارُن چھا گوناہ
انجمٕس سرمایہٕ بس اکھ آش جائِ
چانہِ پڑھِ پیٹھ دوہ گُزارُن چھا گوناہ





مرٕنس ما بیمأری — مرٕنس لگہٕ یوٚ وأری
اَتہِ کس باوکھ کتھ — اَتہِ بدلےٕ دربأری
زیٚنتھ بازاہ ہأر — أسی أسی ازلے زأری
لکھٕ کرنےٕ سنگسار — متہٕ وُچھتم تٔلی ٹأری
نظراہ سیٚود اکھ تژاو — چشمن لگہٕ ہے پأری
دِلہٕ سےٕ گٔے دُبراے — وٕتھی تھَو برنٕبن تأری
چانٕبن موٚکلن پاے — پَنہٕ نٕبو گونٕہو مأری
حُسنس کرِ گُس مان — عاشق ازلے چأری
انجمس چھنہٕ کانٕہہ دود — تس لوٚچےٕ بیمأری





انتظار چون بے قرارن زندگی
ٹاٹھِ یارا ، داغدارن زندگی

چون الفت ، ماے محبت ، لول چون
چاٸڑ دڑِے چاٸین بمبارن زندگی

شوقہِ چانے پھوٚجی یہمبرزل در چمن
بومبرس دِڑ نو بہارن زندگی

ییٚلہِ دَمے اَخر مےٚ تڑاُوِن اکھ نظر
ئُو مےٚ دِڑنم ، جاٸڑ یارن زندگی

مفلسی منز چون انجم ، بادشاہ
چاٸڑ غم پالن ، گزارن زندگی





لچھِ ٻڌی پڑی رخسار وُچھ
ژیٚے ہیُٚ نہٕ کانٛہہ انہار وُچھ
معصوم وُٹھن پٹھ کم سوال
دم پھُٹٕ گمتٕ اظہار وُچھ
اَسہِ چھنہٕ فرق باسان کانٛہہ
انکار وُچھ ، اقرار وُچھ
چھنہٕ کانٛسہِ ہُند اسہِ کانٛہہ گِلے
ڈُدۍ وُن تہٕ وُچھ ، سبزار وُچھ
میٛانٛین وُٹھن پٹھ تشنگی
چانٛین اَچھن خُمار وُچھ
کس باسہِ انجمس دوٗد بدن
ڈہہٕ روٗس یہٕ لولک نار وُچھ





بہٕ نالے بے اثر چھُس ، ٲسۍ اساں چھُس
بہٕ پانس منز وۄپر چھُس ٲسۍ اساں چھُس

پیٚواں الہٕ غاب ییٚلہِ میٚے گُن نظر چھے
کراں کوتاہ جگر چھُس ، ٲسۍ اساں چھُس

پرٛژھاں ییٚلہِ کاٗنسہِ چاٗنی خوش خبر چھُس
ٹلاں پانس مژر چھُس ، ٲسۍ اساں چھُس

کراں کم کم ژنٛے گژھ چھِی شمع رویس
وُچھان شمس و قمر چھُس ، ٲسۍ اساں چھُس

نہ ونہٕ اپژے نہٕ پۄز چھُم وار ونس
چٔواں کوتاہ زہر چھُس ، ٲسۍ اساں چھُس

بہٕ عشقنہ جوشہٕ أنٛدی أنٛدی گژھ کراں چھُس
بہٕ زالاں بال و پر چھُس ، ٲسۍ اساں چھُس

خبر چھُم میٔون کوتاہ چھے عداوتھ
بہٕ لاگاں بے خبر چھُس ، ئلِ اساں چھُس
مےٚ تھٔوی چانِبن کتھن تعویذ گٔری گٔری
زراں لولگ بہٕ زر چھُس ، ئلِ اساں چھُس
ونو کس چھُس دزاں کمہٕ نارٕ أندری
بہٕ للہٕ واں چون شر چھُس ، ئلِ اساں چھُس
گرٕھاں چھُس خوش کراں ییٚلہٕ مخبری چھُس
کھناں پنہٕ نِی قبر چھُس، ئلِ اساں چھُس
چھِ کتھ کٔنز شاپھ ، شیٚہلکِہ سات بدلان
بہٕ کوتاہ بے خبر چھُس، ئلِ اساں چھُس
مےٚ کر چانِبن کتھن توگ معنہٕ ژارُن
بہٕ ورتاواں سیٚزر چھُس ، ئلِ اساں چھُس
خبر چھم کارٕبارا چھُم مےٚ گاٹٕک
کِناں خلقن پزر چھُس ، ئلِ اساں چھُس
وُنم انجمن مےٚ چونٕے دود جگرس
دواں تس کُن نظر چھُس ، ئلِ اساں چھُس





عجیب غریب خواب وُچھ
کنڈبن پھولان گُلاب وُچھ

بہتھ چھِ چانہِ ڈیڈہ تل
فقیر ہوٚی نواب وُچھ

کتہِ خونِ دل چوان
کیٚنہہ چوان شراب وُچھ

چانہِ جلوہ طؤر سؤر
میون آب تاب وُچھ

پوٚش گس تہٕ پوشہ کس
سورہٕ دُن شباب وُچھ

دٔلَن تہِ پأکر چانٛژ غم
اَچھو تہِ انقلاب وُچھ

ظُماہ تمس چھُ کیا وُچھِن
چون یَمو شباب وُچھ

چانٛمن کتھن نہٕ کانٛہہ شُمار
میانٛمن شٔہن حساب وُچھ

بوش کتھ یمبر زوَلَن
ژیہ ہیُو نہٕ کانٛہہ گولاب وُچھ

کنو تہِ بۄز واریاہ
أچھو تہِ کم سراب وُچھ

انجمن ژٕ دِل رَچھُن
اجر تہِ چھُے ثواب وُچھ





حسنُس تہٕ عشقہٕ وعدن یودوَے پزٕ چھُ باسان
وٕتم ژ وصلہٕ سےٕ منز تیلہِ کیتھُ مژر چھُ باسان

زأہد چھُ وأنسہِ زأہد رندن نِشن مگر پوز
بدلےٕ دوہٕ بدلےٕ شامو سحر چھُ باسان

ییٚلہِ لول گوو صداقت لولُک بجر حقیقت
تیٚلہِ کیازِ چون عاشق میہٕ در بدر چھُ باسان

حُسنَس تہٕ عشقسے منز بَس اکھ فرق میہ باسان
اکھ باخبر چھُ باسان اَکھ بے خبر چھُ باسان

چھنہ خالی پوپرٕ نی گتھ اتھ منز چھِ اکھ حقیقت
عشقُک مژر چھُ باسان لولُک بجبر چھُ باسان

دوپنم بہ تھکہ نہ پکہ نس زانہہ لولہ منزلس منز
چونے خیال ہردم میہ ہمسفر چھُ باسان

چھَم آش چارہ کرِنہ اَسِہ مارہ گٕژھ تتھٕنے ہُند
وَے میانہِ ، پانہٕ انجمن ، رندے اگر چھُ باسان





میہ کر ووںمے ژیہ ناچھے میائے میأنی
ونیو مے بس اندبن کرنیاے میأنی

ژیہ یتھ وشلُن بُتھس رنگ کیاز ڈولمُت
ژیہ مانظرن گمژ چھے ژھائے میأنی

ژہ ما وَنہِ ہمہ ژیہ نامیون انتظاڑ ے
اگر ٹھہراو کرِ دُبرائے میأنی

پیوان ییٚلہ وعدہ چأنی یاد زانہہ چھم
لبان تیلہ دم شمأری آئے میأنی

اشارہ ہوونس پننِس دِلس کُن
یتُھے انجمن ووٚنس کتہِ جائے میأنی







Scanned with OKEN Scanner



پرژھم اگر کانہہ چون بہ کیاوَنس
نہ چھُکھ ووپر نہ میون بہ کیاوَنس

میہ اُس مازانہہ خوشی تہ شادمانی
دوہے میہٗ زونہِ چھُ گرون بہ کیاوَنس

آونہٕ از تام اتھِ کمن ولہِ ورین
پتّن یہ ازلہ لون بہ کیاوَنس

میہ واو شیچھ ہتھ آو یَپارٕ چھ مُشکِ عنبر
ژیہ ما چھُ ازیُن سون بہ کیاوَنس

دوہے میہ وونمس ژ چھُکھ پتّن میہ واراہ
مگر یہِ تمی کرمون بہ کیاوَنس





Scanned with OKEN Scanner

اگر ژہ ونہٕ ہَس وُنس میون حال چھُ کیا
از تام تُمی نہ زون بہ کیاوَنس

وونُس میہ انجمس ستےٚ زان ماکینہہ چھے
دوپُن چھُ یارا پریون بہ کیاوَنس






Scanned with OKEN Scanner



زولس به هجر کی نار نے
دور بر چھُ اخر ماڑ نے

حاَرتھ ته حسرتھ اضطراب
کیا ڈاَلی سوزم یاڑ نے

دادبن دوا چاَنی نظر
ہسکبھ ناخبر بیماڑ نے

چاَنبن کتھن میچھر سبٹھاہ
کلی ءکتی کری گفتاڑ نے

از تام کس دیُت مُت نفع
لولکڑ لگے باپاڑ نے

پروانہٕ عشقن زٲلۍ کسترٕ
منصور متہٕ کٔتھ دارٕ نےٚ

گُس تھاوِکس پیٹھ یڑھ تہٕ پڑھ
چھے یار یارس تارٕ نےٚ

لگیو سُہ ہا اوسُے پیئُن
تیمی نار دیُت گلزارٕ نےٚ

انجم وُچھم تنہاہ بہتھ
دوپنم بہ ترووس یارٕ نےٚ





جانانہٕ ژہ نے یِکھ میہ ژھوکن آیہِ جوٲنی
افسوس ژ کھسکھ میٲنی گژھتھ ضایہِ جوٲنی
از تام رٹم رلیہِ چانے مایہ جوٲنی
افسوس ژ کھسکھ میٲنی گژھتھ ضایہِ جوٲنی

چھُم شوق سبتھاہ کرژ کرکھ وعدہ ووفائی
بہ ہیکہ نہ زرتھ ہیکہ نہ زرِتھ چاٲنی جدائی
ارمانہ ہاوُس چاٲنی ہیتھ نۍ درایہ جوٲنی
افسوس ژ کھسکھ میٲنی گژھتھ ضایہِ جوٲنی

دود کول میہ انم شوقؔ تہٕ فرمان چھُ چونے
اکھ دام ژچکھ پانہ یہِ ارمان چھُ میونے
دِے زانہٕ کتھن تالہ ٹوٚنگ بہ لایہِ جوٲنی
افسوس ژ کھسکھ میٲنی گژھتھ ضایہِ جوٲنی

یودوے مُحبت پوز چھُ حقیقتھ تہ صداقت
تیلہ ونتہ خودارا میہ کیُتھ حسرتھ تہ کیتھُ حیرتھ
صدبارہ ووئمے میأنۍ کرِتھ ضایہ جوأنی
افسوس ژ کھسکھ میأنۍ گوٚژھتھ ضایہِ جوأنی

ژمن غمن دادن دوکھن انبار گژھن نا
مشتاق چانۍ ہادن اندر بیمار گژھن نا
ییلہِ وعدہ چانی یاد لگے پاو جوأنی
افسوس ژ کھسکھ میأنۍ گوٚژھتھ ضایہِ جوأنی

یودوے ٔپگاہ ونِہ ہَس ژہ کر ٹھہراوٗ یہ مانیاہ
اتھ ہاوٗنس چانِی قدر زانیاہ یہٕ نہ زانیاہ
بیگانہ لاگتھ سارنے نش درلیہِ جوأنی
افسوس ژ کھسکھ میأنۍ گوٚژھتھ ضایہِ جوأنی

ژے وَن ونتہ خودارا جگر کرہے نۓ تہٕ کیا کرہے
بھرہے نہ جگرکۍ خوٗن سۍ پیٚالن تہ کیا بھرہے
یَس چون یاوٗن آسہ ہے ہمسایہ جوأنی
افسوس ژ کھسکھ میأنۍ گوٚژھتھ ضایہِ جوأنی





Scanned with OKEN Scanner

ارملنۂ ہاوس شوق تہ تعشوق ہیتھ چوئے
دوکھ دأدِ غم پیہم سِتم للۂ وان دِل میوئے
کانہہ عار چھا اتھ چانہ بے پروا یہ جوأنی
افسوس ژ کھیکھ میأنی گژھتھ ضایہِ جوأنی

انجمس چھُ یِتے راہ تمۍ دردل ژیہ دِژے جائے
اکھ ساتھ وصلک آوتۂ ہاؤتھ نۂ اکھ رژھ مائے
ہیتھ شکوہ شکایات ژیہ نِش آیہ جوأنی
افسوس ژ کھیکھ میأنی گژھتھ ضایہِ جوأنی





پوشہِ حُسنَس بوش حسنٕک کوت کال
روشہِ نَس منز پوشہ متہِ چھُکھ بے مثال

رودکتہِ بیٖیہِ شوق وُچھنٕک کانہہ کمال
وُچھُ اچھو میٚانیو یتھُے چونُے جمال

عشقہ جوشن زندگی تھوواہ وقار
رشکہٕ چانے چھُس گومت بہ ختہٕ حال

چھُم خبر میانن کتھن مَا چھے جواب
نتہ وُٹھن پیٹھ چھی میہ وانسن ہنٕدی سوال

چانٛز روپہ تن چشم بادام روے گولاب
تیمی ژٕ گرمژ اوسمُت چھُ باکمال

چھُس . دوہے اکھ آش ہٕتھ وُنٛز پکھ پیاٗری
چھُس ونَن جڑی جڑی دوہے تھاون بہ لال

غم ژیہ ماچھے زندٕ روزِن کانہہ مرِن
ازلہٕ پیٹھ اوسکھ ژہ جگرو ، لاوبال

چھم خبر اژٕ وتہٕ کلَس لایُن میہ ٹونگ
شوقہ چانے توتہٕ کھُنٛزٕ میہ کوہ تہٕ بال

راو راون تاب رندن عابدن
سادہ پاٹھِن گرائے چاۓنی ہرتہٕ چال

ہیر رنجھا لال مجنون پرٲنی گتھ
لول چونے میون ووٚنی ضربُ المثال

راتھ دوہہ پروردگارس چھس منگان
لولہ والیٚن یتہٕ کرکھ انجمن ژٕحال





اگر بیہ کانٛہہ ژیہ بوزی کیا کورتھ میہ اعتبارس منز
خودا شأہد ہیٚی ماناو کانٛہہ چون یتھ شہادس منز

میہ کرٕی پٔنس دلس کم ژھل مشبس ناچأنِ گل جگرو
یہ چھامانن یہ چھابوزن ژیہ روس روزن قرارس منز

غمن چانین تہ ہمتَن کر کمی گے تہ فرق گژھہم
بہ یتھ وُچھتھس ژیہ ہردس منز تیتھے چھس نوبہارس منز

ژیہ نے اوسُے کرن پوز وعدہ وصلک تی وَنن گوژھ نا
میہ تھأوِتھ خام ستھ دلہ سےٚ بہ کتھ تھووتھس ازارس منز

دپوٗمُس وأنس رأوم لولہِ للہِ وان لول حاٗصل کیاہ
دوپُن وونٛمت ژیہ کٔمی چھےٚ گوو نفع یتھ کاروبارس منز

ژیہ ، ما، وُچھمت فراقک دوو کیا گوو کیاچھُ گدراوان
دزُن پانس پیوٗوے، ما یارٕ زاہ اتھ ہجرٕ نارس منز

دزِتھ ترومُت چھُ ہجرکی نارہ نے وَس تام دزمژ چھس
وُچھان رویَس ژہ کیا اَنجمس چھُ کیاتس داغدارس منز






Scanned with OKEN Scanner



گڑھِ نہ بے غم پاٹھی ملاقات کیہنہ
چاڑ ڈِرے سپدن نہ سیود حالات کیہنہ

نظرِ آدم ماگڑھی تتھ راٗچھِ کر
حُسنہٕ گنجس دین پیٚپِ خیرات کیہنہ

یم میہ چاٗنس دۄر رس منز دوہہ گذاٗرۍ
واٗنسہ ہندۍ سرمایہِ چھِم تم ساعت کیہنہ

چانہٕ ستی لُکھ کران چھِم احترام
نتہ خبر چھِم میون چھُنہ اوقات کیہنہ

دِل رَچھُن کارے ثواباہ گُس وَنی
دل رَچھُن میوٗنے تہِ بِنکھ درجات کیہنہ

لول محبت مائے ہاگئے زندگی
یاد چھم پانس یَمے آیات کیہنہ

بیوفائی جائٔی یارن ہُند دغاہ
یاد پاوان چھس یَمے واقات کیہنہ

چھم خبر سہ کرنہ زاہ کانہہ وعدٕ پوٚر
میأنٔی ما پرٛژھ نے ژیہ تمی گتھ باتھ کیہنہ

یور ییٚلہِ ووتھس انجم بیمار سکھ
تورہ ماوون نے ژیہ تمی بیٚیہ راتھ کیہنہ



# ڈُکھ

آش تھاؤن ہَتھ نہٖ چھے کانہہ انتہا
وعدٖ تھاؤِن زاہ نہٖ یم کری نم وفا
یژھ سخاوتھ کس تہٖ تس ہیوٚ داتہٖ کُس
دوہ گُزارٕن ہٕکیت مےٚ تھوٚون آسرا

بے فکر، بے غم ژٕ ےٚ رُس کانہہ زاو ما
ییٚلہ تہٖ دژا یکھ گرٕ، ژٕ ےٚ ستےٚ کانہہ دژ او ما
ڈ بکہٖ ژٕ ےٚ چھے پھولہٖ وٚن وُچھتھ راواں گولاب
ژٕ ےٚ ہٕشن خوشبو سہٕ منگہٖ نے آو ما

خیالاہ چھے نہٖ میانے انتظارٕک
تگاں اپزٕ ے دوہے چھے وعدٖ تھاوٚن
مُلے زوٚنتھ نہٖ مول زانہہ خوٚنِ جگرٕک
پیٚوٚ ے مامیأنی پأٹھن چیٚون تہٖ چاوٚن

روزِ ہے دِل اگر قرارس منز
شور گُس بوزِہے شہارس منز
آشہِ چانٔے مے گاش چشمن ہُنٛد
آو سوران انتظارس منز

دِلس چانٔس اندر میٔانٛز ماے روٗزِن
دِلس میٔانٔس اندر چانٛز جاے روٗزِن
منگاں شامن تہٕ صُبحن چھُس خدایس
مے دِل روزِن، دِچھ دُبراے روٗزِن

لیس ذٔلیلاہ چھےٚ نوتوٲنی ہنٛز
غفلتھا اکھ چھےٚ نوجوٲنی ہنٛز
گاش بوٗزِتھ، رٔچھِتھ عبث تھاوِنٕ
آش خُسنچ تہٕ مہربٲنی ہنٛز

سونس سرتل روپس گو تژام اٰخر
نظر ما اٰس چانٛی خام اٰخر
کراں یُس کتھ، کراں چانٛبن اٰچھن ہنٛز
چھواں زاٰہد تہٕ وُچھِے دام اٰخر




Scanned with OKEN Scanner

مےٚ تہٕ کرٕ پڑھ یڑھ دُکان دأری
مےٚ تہٕ کُن سرٕ وگ دُزوگ وقس پیٹھ
پُور بر از خُدا ، لگہٕ ہا بخٕتس
کھُری بیہہ ناوِن بخٕتس پیٹھ

مخمؤر چشمن منز برٕتھ چھی جام اتی تھاو
اکھ دام میہ چون ساقیا اکھ دام اتی تھاو
تمہٕ لیوو واعظِ تھپھ دِژن جامَس میہ لایِس کر بکھ
ہے وعظ خوانا ئلی گژھکھ بدنام اتی تھاو

اعتبارچ کتھاہ میہ بادتہٕ گژھ پانس
انتظارچ ستھاہ میہ تھاوتہ گژھ پانس
حسن چونےٚ چھو آزمارٕ کتھ
عشق میونےٚ ژ ازماوتہ گژھ پانس

مون حُسنَس تاج دأری ازلہٕ پیٹھ
مون عشقس بقیراری ازلہٕ پیٹھ
منصفی ژےٚ کرخودارا منصفی
کس اکس چھےٚ پائداری ازلہٕ پیٹھ



